## آلو



ہَرٕ دوارَے ماژٕ آسکھ ، سٔنۍ دوگٔنۍ پھٔیوٚ رُس ژدپٲرۍ
پےٚ ہسوان گوس وانہٕ وانۍ ، شرٛانہٕ دھیا ٹک کیٛاہ کوٚ رُتھ

مدٕ گور آدِ ٹک شرٛ یٚہہ گوٚمٔوٚ ٹھُے ژےٚ ، دوٗر روزُن ، کتھٕ زوٚ رُتھ

راژٕ بلہٕ نِے وٗنۍ دِژاُمۍ ، راجہِ رٮ۪نٛز تتہِ آسہِ ما
نیب آمۍ سورگہٕ لوٗکۍ ، نرکہٕ میانٮ۪گ کیٛاہ کوٚ رُتھ

مدٕ گور آدِ ٹک شرٛ یٚہہ گوٚمٔوٚ ٹھُے ژےٚ ، دوٗر روزُن ، کتھٕ زوٚ رُتھ

شۆبہٕ وٕنی باغٕچ یمبر زَل ، اَڈٕ پھوٚ جی کوٚت دژایہِ جَل
بمبُو رایتہِ تارِ گومُت وُیوٗ رتلنٛگ کیٛاہ کوٚ رُتھ

مدٕ گور آدِ ٹک شرٛ یٚہہ گوٚمٔوٚ ٹھُے ژےٚ ، دوٗر روزُن ، کتھٕ زوٚ رُتھ

چوٗن گرِ شُمشان بَنیوٚ مُت ، چھم توٚ ے کھوژن یِوان
یوٚ دٕژہ نۍ وِزِوِزِ سنٛبھالکھ ، ترسہنہٕ میانٮ۪گ کیٛاہ کوٚ رُتھ

مدٕ گور آدِ ٹک شرٛ یٚہہ گوٚمٔوٚ ٹھُے ژےٚ ، دوٗر روزُن ، کتھٕ زوٚ رُتھ

اَرِدِ راتن گرِ ژِ دژا یکھ ، کینٛہہ نہٕ زوٗنُم کور گوٚ ھکھ
بَرٕ ٹھی چھی وارٕ وتم ، تورٕ پھیرٕ ٹک کیٛاہ کوٚ رُتھ

مدٕ گور آدِ ٹک شرٛ یٚہہ گوٚمٔوٚ ٹھُے ژےٚ ، دوٗر روزُن ، کتھٕ زوٚ رُتھ

دَنہٕ دیٛا رَن گتہِ ہمتھ وونۍ ، وانہٕ نِے وتم کمن
وانہٕ وانۍ سوختہٕ گوٚمٕۍ ، موختہٕ ہارس کیٛاہ کوٚ رُتھ

مدٕ گور آدِ ٹک شرٛ یٚہہ گوٚمٔوٚ ٹھُے ژےٚ ، دوٗر روزُن ، کتھٕ زوٚ رُتھ

آلو

ویشنہٕ بھونٛس جاے ژٕے اُسی نے، پاے میوٗ نےٚ کرتہٕ جَل
کیاہ زِ تھاؤ تھس نر کیٚسے ییٚتہٕ، سورگہٕ میانیٚک کیاہ کوٚرُتھ

مذکور آدٕنک شرٛ یٚہہ گوٚمو ٹھےٚ ژٕے، دوٗر روزُن، کتھٕ زوٚ رُتھ

چانیٚ جدا ئیٚ تبرٕ چھو کھزن، بےخبر پاٹھی لاتھم
گیٚیم جگرس پارٕ پارے، بلغارٕ میانیٚک کیاہ کوٚرُتھ

مذکور آدٕنک شرٛ یٚہہ گوٚمو ٹھےٚ ژٕے، دوٗر روزُن، کتھٕ زوٚ رُتھ

کمیٚ ژٕے یوٚ ژھنےٚ خانہٕ ماٗلی ڈولہٕ ناوٗکھ پانہٕ نیر
ماجہِ دادے ضایہِ گاٗمتی سایہِ تہنٛدُک کیاہ کوٚرُتھ

مذکور آدٕنک شرٛ یٚہہ گوٚمو ٹھےٚ ژٕے، دوٗر روزُن، کتھٕ زوٚ رُتھ

کیاہ بہٕ کھیاوَکھ کیاہ بہٕ باوَکھ، چانہِ بڑ انٛزہاوَکھ بہٕ کیاہ
کیٚنٛہہ تہِ نےٚ بوزُن تگان، ویستارٕ میانیٚک کیاہ کوٚرُتھ

مذکور آدٕنک شرٛ یٚہہ گوٚمو ٹھےٚ ژٕے، دوٗر روزُن، کتھٕ زوٚ رُتھ

اول بناوِتھ باغ سجاوِتھ، پوش ژٕے روٗدِی چھاوٕ نےٚ
ہرٕ دنےٚ ژھٹہِ برٕ گوٚ ہتھ پیٚے، گلزارٕ میانیٚک کیاہ کوٚرُتھ

مذکور آدٕنک شرٛ یٚہہ گوٚمو ٹھےٚ ژٕے، دوٗر روزُن، کتھٕ زوٚ رُتھ

سوٚ پنہٕ دِیوٚ ہاردِ زاویہِ ملوٗار، سوٚپنیٚ زاٗہد ونان
سوٚپنہٕ گرٕ بار گوٚمےٚ مِسمار، بسنہٕ میانیٚک کیاہ کوٚرُتھ

مذکور آدٕنک شرٛ یٚہہ گوٚمو ٹھےٚ ژٕے، دوٗر روزُن، کتھٕ زوٚ رُتھ

آلو

بے خبر پأٹھی کۆت ژٕ دزا یگھ چارٕ میٚونے کیاہ کۆ رُتھ

مذ گور     آدٕ ننک شرٕ یہہ گومۆ ٹھے ژےٚ، دۄر روزُن کتھٕ زۆ رُتھ

☆☆☆

# بہٕ کس حوالے

ژٕلُن ژےٚ ترٛاوِتھ بہٕ کس حوالے          ژےٚ کیاہ ملالے گۆمُت دِلس چھوٕی
نہٕ کانٛہہ میٚہ غمخار نہٕ کانٛہہ کرٛ پالے          ژےٚ کیاہ ملالے گۆمُت دِلس چھوٕی
روٗ ٹھتھ مَلالے وۆنے ژےٚ کُمۍ کیاہ          تہِ بیٚنہِ بیٚنے میٚہ وارٕ ونتم
بہٕ پۄرٕ کرٕ ہے ژےٚ کانٛہہ سوالے          ژےٚ کیاہ ملالے گۆمُت دِلس چھوٕی
ژٕلُن ژےٚ ترٛاوِتھ بہٕ کس حوالے          ژےٚ کیاہ ملالے گۆمُت دِلس چھوٕی
بہٕ لۄکنے مَنز گۆمُت ہرٕ زٕ زد          تۄر بہٕ للہٕ وان چھس نارٕ تۆ ندرُن
بہٕ لۄکہٕ لزا کوے بہٕ ژالے          ژےٚ کیاہ ملالے گۆمُت دِلس چھوٕی
ژےٚ وعدہ کرٕ تھے کرِتھ جُدائی          کرِتھ گدائی میٚہ جولی خالی
چھُ کیاہ میٚہ باقی بہٕ زن سنبھالے          ژےٚ کیاہ ملالے گۆمُت دِلس چھوٕی
ژےٚ لوچرس مَنز میٚہ واب دیتمُت          اَگن چھُ سأکھی پَزِ یابہٕ مَن وونی
دَمن حِساب چھوٕی ژےٚ چھا خیالے          ژےٚ کیاہ ملالے گۆمُت دِلس چھوٕی
بہٕ ڈٕنی دِمےٚ نا کو ہَن تہٕ بالن          سہَن تہٕ شالَن پزِیا میٚہ کھوژُن

آلو

کُرِتھ اُڈی کھَشہِ گوٚھیا حلالے　　ژے کیاہ ملالے گوٚمُت دِلَس چھوٗی
یہِ دوٚن جُدا آیی چھِ یتھ قیامَت　　یہِ گوٚ خیانَت کرُن سرَن چھوٗی
ژے کانہہ جوابا یہِ چھوٗی سوالے　　ژے کیاہ ملالے گوٚمُت دِلَس چھوٗی
ژُلُن ژے ترٚاوِتھ بہٕ گَس حوالے　　ژے کیاہ ملالے گوٚمُت دِلَس چھوٗی
بہٕ صوٗرتن منٛز ژے ڈٔنی دِوان آس　　گوٚنَن نہٕ ثانی میٚہ کانہہ تہٕ باسیوٚم
نہٕ کانہہ تہٕ صوٗرت چھِ چانہِ خالے　　ژے کیاہ ملالے گوٚمُت دِلَس چھوٗی
یہِ محبتُک کان اندر ترٚتھ گوم　　کُرِتھ میٚہ برِیان رُمن رُمن گوٚ
گوٚھان کٔنی ماژے میانی نالے　　ژے کیاہ ملالے گوٚمُت دِلَس چھوٗی
ژُلُن ژے ترٚاوِتھ بہٕ گَس حوالے　　ژے کیاہ ملالے گوٚمُت دِلَس چھوٗی
بہٕ آشہِ چانے توٚ تام پژارے　　یوٚ تام نہٕ تنہِ تَن دوبارٕ میلے
ژٕ نادسوز کھہٕ واتہٕ کالے　　ژے کیاہ ملالے گوٚمُت دِلَس چھوٗی
پھوٚ چِکھ یمبرزَل میٚہ باگہِ کرمَس　　ژٕ چِکھ اَڈے پھوٚج میٚہ داغ تھاوِتھ
چھُ داغ زانان فقط گلالے　　ژے کیاہ ملالے گوٚمُت دِلَس چھوٗی
ژُلُن ژے ترٚاوِتھ بہٕ گَس حوالے　　ژے کیاہ ملالے گوٚمُت دِلَس چھوٗی
بہٕ خستہٕ گوٚمُت برَے ہَر یوٚمُت　　زرَے نہٕ دوٗربر کرَے فِدا آیی
نتَے ژٕ پھیرِتھ یہِ میانہِ سالے　　ژے کیاہ ملالے گوٚمُت دِلَس چھوٗی
وَنان چھُ زاہد ژٕ بازِ یکھنا　　سُہ راز باوَے یہِ زن بُتھ آم
ژٕ پانہٕ دزایکھ لوٚگَس بہٕ زالے　　ژے کیاہ ملالے گوٚمُت دِلَس چھوٗی

آلو

ژلُن ژےٚ تژ اٚ وِتھ بہٕ گس حوالے
ژےٚ کیٛاہ ملالےٚ گوٚمُت دِلَس چھوٗئی

☆☆☆

# تنےٚ چھُس بہٕ للہٕ ناوان

دود میٛہٕ جگرس ووتُم ینےٚ — تنےٚ چھُس بہٕ للہٕ ناوان
پانَس تہٕ پژ انس ینہٕ گوم ژھینےٚ — تنےٚ چھُس بہٕ للہٕ ناوان
موٗکھسے اٚسے امریتھ دااٚری — بُری بُری بانَن تھاوُم تِی
بانہٕ پھُٹ تہٕ ویُس پیوٚم رۄ دُم چینےٚ — تنےٚ چھُس بہٕ للہٕ ناوان
دود میٛہٕ جگرس ووتُم ینےٚ — تنےٚ چھُس بہٕ للہٕ ناوان
کمہِ تام زنمک قرضہٕ دارُن — تِی اوس ہورُن تہٕ پژ ارُن کتھ
تیٛلہِ گےٚ قرضہٕ ییٛلہِ اٚسی زینےٚ — تنےٚ چھُس بہٕ للہٕ ناوان
دژ ۆگ پیوٚم سودا کیٛاہ سنا زیوٗنُم — ژیوٗنُم تیٛلہِ ییٛلہِ نگھ وولُم
سنگ ماتژ کرے تھاویوٚم ہینےٚ — تنےٚ چھُس بہٕ للہٕ ناوان
اگنیانہٕ باوے گرِ مَس مُتیے — تنےٚ نارن اٚندری گیٖم
ونہٕ گس تنہٕ میٛہٕ لوٚ گمُت سنےٚ — تنےٚ چھُس بہٕ للہٕ ناوان
مول موج مُشرِتھ ژےٚ گن پِشرِتھ — مُشرِتھ رۄ دُس کیول دے
ژےٚ تہٕ میٛہٕ پانس زونُم نہٕ ہینےٚ — تنےٚ چھُس بہٕ للہٕ ناوان

دودمیٚہ جِگرس وۄتُم ینٔے  تنٔے چھُس بہٕ للہٕ ناوان
کس باوِ گدٕرن گس ساداۓ دی  لأ دی وَ تنٔے لارتیم
یِکھنا ساتھاپینہٕ بینہٕ وَنٔے  تنٔے چھُس بہٕ للہٕ ناوان
ذٕرذٕر ذرچی چھم موحتاۓجی  آدن باۓجی پَرٕ پوٗدٕس
چوٗنٹھ نٔے پھوران گس کیٛاہ وَنٔے  تنٔے چھُس بہٕ للہٕ ناوان
عرضی سوزَے تتھ درٕ بارَس  ییٚتہِ زَن دوشہٕ وِنی لگہٕ پُرسان
دونوَے عالَم سوٚمبرتھ اَنٔے  تنٔے چھُس بہٕ للہٕ ناوان
ٹھہر کیٛاہ دمہٕ وونی یَتھ طوٗ فانس  آنس گُرنم یپرٕ وِنی ناو
کیُتھ وایِہ کھوٗرتے کیُتھ پھِرٕ دَنے  تنٔے چھُس بہٕ للہٕ ناوان
لو کچار نبہٕ نارکاۓنسہِ نو پوشان  توشان گوِ چھُکھ پانَو ژِئَ
کال چھی پیٹھ خاگس ساوَنٔے  تنٔے چھُس بہٕ للہٕ ناوان
اَزتام زاۓہد وعاۓشن موٚتُے  پوٚتُے کیٛاہ ژٔے گوٚے زیروزَبَر
گوِ آکھ زٕمَس کیٛا زِپیوٗ کھ تھنٔے  تنٔے چھُس بہٕ للہٕ ناوان
دودمیٚہ جِگرس وۄتُم یَنٔے  تنٔے چھُس بہٕ للہٕ ناوان



# آلُوک دۆیُم حِصہٕ

# کاشِر لیلایہٕ

## اوم شری گنیشایے نماہ

لَس آدِ دیوس میون نَمسکار — گرٕ مو کھ بۄنے جے جے کار
بۆڈ دربار چون گنپتھ یار — گرٕ مو کھ بۄنے جے جے کار
گوڈنی چونے دھیان بہٕ دریو — منہٕ کنی سوریو چانی سُمرن
چانہِ سُمرنہِ ستی اَسہِ لگہِ تار — گرٕ مو کھ بۄنے جے جے کار
چھکھ ژٕ ٹوٹھ سنتان ماجہِ پارؤتیے — ستی یے ماتایہِ نمسکار
مول چھوئی شِوٕ ناتھ بسماہ دار — گرٕ مو کھ بۄنے جے جے کار
ماجہِ پارٕ ؤتی تھۆو کھاڈِیڈوانی — اَسہِ کرزانی چانی مہِما
چھکھ ژٕ ماتایہِ ہُند سیوادار — گرٕ مو کھ بۄنے جے جے کار
بلہٕ ویرا ستھ بل یِیلہِ پژ ووتھ — مالِس تہٕ ماوتھ بلہٕ ویری
ستی ژٕ ے ماتا ساہتا دار — گرٕ مو کھ بۄنے جے جے کار
گرٕ مو کھ روپہٕ کنی چھکھ ژٕ بھگوانو — اَکہِ دنتہٕ روپہٕ کنی باسانو
مۄشکہٕ واہنس چھکھ ژٕ سوار — گرٕ مو کھ بۄنے جے جے کار
ژٕ ے آدِ دیوو ژٕ گتس پالہٕ وُن — گالہٕ وُن لوب موہہ بیبہِ اَہنکار

کردیا زأہدس تہٕ کاس اَندکار    گرٛموکھ بُوِنئے جے جے کار
تس آدِ پوس میؤن نمسکار
گرٛموکھ بُوِنئے جے جے کار

☆☆☆

# مائج شارِکا بھگوتی

موجی لگےٚ ناماتاناوَس    چھُم مێیہ ہاوس درشُن ہاو
مَتےٚ وُچھتہٕ سائنس یَتھ شُری باوَس    چھُم مێیہ ہاوس درشُن ہاو
سبدٕ پٹھس پٹھ چھکھ نرِاکاری    ہأری پَربتےٚ چوٚنے تھان
چھکھ زگت ماتا لگے ناوس    چھُم مێیہ ہاوس درشُن ہاو
بأے تہٕ بندھتھ آیہِ درشنَس سأری    زأری چھِی کران ہاو درشُن
درشن دِتہٕ اَسہِ بکٔھتے باوَس    چھُم مێیہ ہاوس درشُن ہاو
نئے چھِی دھرِمی نے چھِی کرَمی    نے چھِی زانان چأنی سُمرن
بنہٕ کرمکھتی بکھتے باوَس    چھُم مێیہ ہاوس درشُن ہاو
ژالہِ ژالہِ اوٚش وَسان نیترٕ وَجأری    أسی لگوے پأری درشُن ہاو
پَنہٕ نئے پان ماجہِ اَرپَن تھاوَس    چھُم مێیہ ہاوس درشُن ہاو
زگتس پٹھ چھےٚ چأنی تاجدأری    بکٔھتن کرٕ وِنی یأری چھکھ

اَنۆ گرٛیہہ چونُے کاوَس تہٕ واوَس    چھُم مےٚیہ ہاوِس درشُن ہاو
ژٕ ےزگت ماتا درشُن اَسہِ ہاو    ِگلہٕ ِگلہٕ پنہٕ نُے لولہٕ مَس چاو
ہنہٕ آیہِ مایایہِ زالہٕ ِکس واوس    چھُم مےٚیہ ہاوس درشُن ہاو
گُلی گنٛڈِتھ بوزمیٲنٛی وِلہٕ تے زاٗری    خاٗری کاسہٕ وِنی ماٗجے چھکھ
کر دَیا درٛشٹی زاٗہِدناوس    چھُم مےٚیہ ہاوس درشُن ہاو

موجی لگےَ ناماتا ناوَس
چھُم مےٚیہ ہاوس درشُن ہاو

☆☆☆

# جٹا دارَس

بہٕ چاٗنی لولہٕ نارَن، کۆرنَس اَوارَے    دِہمنامےٚیہ درشُن جٹا دارٕ یارَے
بہٕ بال بال پھیرَےوٕنی دِنہٕ نیرَے    دِوان سٗنٛز وۄہٕ گنٛز وۄنی وُچھان چاٗنی ڈیرَے
ژٕ یۆ دژ ھایہِ روز کھ بہٕ مارمٹہِ کھارَے    دِہمنامےٚیہ درشُن جٹا دارٕ یارَے
وسان جٹہٕ گنگا کٔین گنہٕ واٗلیِ    مِٹلتھ تنہِ بسماہ سَرف ہٹہِ ناٗلی
ڈیکس پٹھ ژےٚ ژٕندرم پڑ زلان ِستارَے    دِہمنامےٚیہ درشُن جٹا دارٕ یارَے
کٔین گوم ژٕ روزان پٹھ کیلاشَس    بہٕ ہونا دلایےٚ ژٕ کن تھوَتہٕ داسس
دِتم نادپھیرِتھ گۆمُت چھُس اَوارَے    دِہمنامےٚیہ درشُن جٹا دارٕ یارَے

ژِئَی ہا اَوِنأ شی ژِئَی پاپھ گالان  ژِئَی ہاسون مول موج ژِئَی اَسہِ پالان
پزیاشُر کرُن ماجہِ مأ لِس اَوارَ ے  دِہمنامیٚہ درشُن بٔتا دارٕ یارَ ے
میٚہ نوچھُم نان گنہِ شایہِ چون پَیغام  دِتم ؤنی میٚہ جنگلن بیٚیہِ شہرَ تےَ گام
دِتم وعدہ ؤتم بہٕ کتھ شایہِ پژارَ ے  دِہمنامیٚہ درشُن بٔتا دارٕ یارَ ے
تھُوم کن میٚہ نادَن وندَ ےٹوٹھ آدَن  دِتم اَزمیٚہ درشُن چھُم ہاچأنی لادَن
گنٔڈِتھ گُلہٕ ژ ےٚ زأہد کران زارٕ پارَ ے  دِہمنامیٚہ درشُن بٔتا دارٕ یارَ ے
بہٕ چأنی لولہٕ نارَن کوٚرنَس اَوارَ ے  دِہمنامیٚہ درشُن بٔتا دارٕ یارَ ے



# کرٛشنہٕ اَوتار

منہٕ مٔنزٕ لِس کرَ یا گوٗرٕ گوٗرٕ لولو  کھونہِ للہٕ وَتھ ہاتھَنہِ ژۄرٕ لولو
گوٗرٕ بہٕ کرَیو شامہٕ بوٚمبوٗرٕ لولو  کھونہِ للہٕ وَتھ ہاتھَنہِ ژۄرٕ لولو
دیوکی ہٕنٛدِ ہاٹاٹھِ سنتانو  قادٕ أندرَ ے تھَنہٕ پیوٚ کھ بھگوانو
زِینہٕ چانہِ گوَ بیڈٕ بن چوٗرٕ لولو  کھونہِ للہٕ وَتھ ہاتھَنہِ ژۄرٕ لولو
رأ چھِراکھیس تہِ حالہٕ نٔشہِ گیہِ بے حال  دارِ درواز یٚلہِ گیہِ وُچھتھ نندٕ لال
دَیہِ گُرٛشہُنٛد دَرتہِ گوَ پوٗرٕ لولو  کھونہِ للہٕ وَتھ ہاتھَنہِ ژۄرٕ لولو
ییٚلہِ وۄتھ نٔشہ ماجہٕ جمنایے  آیہِ درشنَس کمہِ لولَتہٕ مایے

آلو

پادلأ گی تھس تہٕ گیہ پڑسن پؤٕرلولو
کھونہِ للہٕ وَتھ ہاتھَنہٕ ژؤٕرلولو

واسدیوٗن ییلہِ منز شِپس تھوٗ کھ
ہتھ کلس پٹھ ژٕ گوکل واتہٕ نوٗ کھ

اَردٕ راتَن ہاسری یکہِ نؤٕرلولو
کھونہِ للہٕ وَتھ ہاتھَنہٕ ژؤٕرنولو

نَندٕ گوریُن گرٕ ژاوَے ناراینَ
ماجہِ جسدایہ دِژ خبر ہَمسایَن

ہتھ کھیٖر کھنٛڈ آیہ مستؤٕرلولو
کھونہِ للہٕ وَتھ ہاتھَنہٕ ژؤٕرلولو

کیلاسہٕ پٹھٕ آوَے شِوٕ شنکر جی
بڑ ہمہٕ لؤ کہٕ پٹھٕ آوَے پانہٕ بڑ ہما جی

سورگہٕ لؤکہٕ آیہ سورٕ گچِھ حؤٕرلولو
کھونہِ للہٕ وَتھ ہاتھَنہٕ ژؤٕرلولو

نَندٕ لال ہے بھگوان پانہٕ اَوتار
گوٗکلس منز توٗن دژ او کرٕ شنہٕ اَوتار

زأیدُن تہِ بوزسازٕ سنطؤٕرلولو
کھونہِ للہٕ وَتھ ہاتھَنہٕ ژؤٕرلولو

منہٕ منٛزلِس کریا گؤٕرگؤٕرلولو
کھونہِ للہٕ وَتھ ہاتھَنہٕ ژؤٕرلولو

☆☆☆

# دُرگا ماتا

کھیٖر کھنٛڈ تہٕ نابد بُرتوَے تھاأس
دُرگا اَز ہے ییہ ساأس سون

گُرکرٕ پا ماجہِ اَز ساأنس حاأس
دُرگا اَز ہے ییہ ساأس سون

سر ییہ أمی ہندِ تیز نشہِ مَند چھان
چھُ زگت تیز أمی ہندِ پرٕ زلان

تیز أمی سُند چھُ پرٕ تھ کلہِ کاأس
دُرگا اَز ہے ییہ ساأس سون

آلو

سورگہٕ پنٹھ کُورہ آیہٕ رُوی کرآنی — گنٛدھرب باجہِ آیہٕ وایٲنی
کوٗرآیہٕ نوُٹۍ نُژی گیہٕ بے حالَس — دُرگا ازہے ییہٕ سالَس سون
جایہٕ جایہٕ کُری توَے پوشہٕ ورشوُنے — ماتا ازہے ہاوِدرشوُنے
پوش وَتھراوِہے دُنی تو گلالَس — دُرگا ازہے ییہٕ سالَس سون
رَنگہٕ رَنگہٕ پوشن کُری توَے مالے — مأج پآرآوی تون کمہِ حالے
اودُم دودتہٕ ییہٕ ہربُری توَے پیالَس — دُرگا ازہے ییہٕ سالَس سون
اطاس کمخابہٕ جامہٕ چھِس چھٔنتی یے — ئتِپے ماتا یہٕ ہاوِدرشُن
لعل تے جواہر جُرِتھ چھسے نالَس — دُرگا ازہے ییہٕ سالَس سون
رُتنہٕ ژآنگی جایہٕ جایہٕ گاہ کٔیاہ ماران — لوُکی بُڈۍ اتھن کبتھ ہتھ چھِ پزاران
زآہدتہِ موت گومُت چانِس خطِ خالَس — دُرگا ازہے ییہٕ سالَس سون
کھیر کھنڈتہٕ نابد بُری توَے تھالَس — دُرگا ازہے ییہٕ سالَس سون

☆☆☆

# رآگنیا بھگوتی

موجی تھوٗ دکیاہ چون دَربار — ژٕ چھکھ سرکار ژٕ چھکھ سرکار
ژٕ دیتِن چھکھ کران سمہار — ژٕ چھکھ سرکار ژٕ چھکھ سرکار
مٔیہ باغس آسی پوش پھولنے — وَلہٕ نےٚ آیوس کُنڈی زالَس

اَمہِ زالہٕ موکلاو دیوٕ بنہِ تار
ژٕ چھکھ سَر کار ژٕ چھکھ سَر کار

أسی چھی ڈلی ہتی مایایہِ زالن
گالَن ژٕ بے چھکھ دوکھ تے دأ دی

پالہٕ وِنی ژیےٚ سون جے جے کار
ژٕ چھکھ سَر کار ژٕ چھکھ سَر کار

تُلہٕ مُلہِ ناگس أندی أندی پھیرَ ے
بہٕ تہِ نۓ نیرَ ے زانہہ تہِ نبر آش

یتم سنمو کھ کرُم گُفتار
ژٕ چھکھ سَر کار ژٕ چھکھ سَر کار

کھٔسِتھ ہٕہس ژٕ چھکھ سَوار
چھُ زگتس مَنز یہِ چون آکار

پڑ کاشہِ چانے ڈرِتھ سمَسار
ژٕ چھکھ سَر کار ژٕ چھکھ سَر کار

ژِیَ موجی أسی لگوے پأری
ژےٚ دِیوَن پیٹھ چھےٚ سَر دأری

ژِیَ رأ گِٹیا ژیَ بخشَن ہار
ژٕ چھکھ سَر کار ژٕ چھکھ سَر کار

بہٕ چانہِ برٕتل پتھر پیوٗ مُت
أچھن ہُنْد گاش سوریٗو مُت

بہٕ چھس زأہد ژٕ دِم یقرار
ژٕ چھکھ سَر کار ژٕ چھکھ سَر کار

موجی تھوٚ دکیٛاہ چون دَربار
ژٕ چھکھ سَر کار ژٕ چھکھ سَر کار



# رامہٕ اَوتار

رامہٕ ناوسۆ ری تَو وَیکونٹھ پڑ آ دِو
بکھتے باوِ ناگہٕ تَن مَن ناٗ دِو

منہٕ کٔنز تھاۓ دِو بکھتے باو
منہٕ کٔنز تھاۓ دِو بکھتے باو

آلو

جے کارد شرَ تھ راز ِنس تخٹس — بکھتس کُری توس نمسکار

رامہٕ اَوتارس گن توہی تھاوِو — منہٕ کنز تھاوِو بکھتے باو

کوشلیا ماتایہ اوس کیاہ دیہ باو — پانہٕ بھگوان تس زنمس آو

یَژھ پژھ لولہٕ سان رامہٕ گیت گاوِو — منہٕ کنز تھاوِو بکھتے باو

جے کار اُسی تن ماجہِ سیتا یے — یوسہٕ بھگوانس باگہٕ آیے

تنہٕ منہٕ اُمی سُندنیتہٕ نیم تھاوِو — منہٕ کنز تھاوِو بکھتے باو

جے جے کار چھوئی تس ماتا یے — یَس زسنتان بلہٕ ویر زایے

لولہٕ سان لوٗتہٕ کوش کھونہٕ للہٕ ناوِو — منہٕ کنز تھاوِو بکھتے باو

جے جے کار لکھشمن جیَس زبنہٕ ہے — منہٕ ہے منز اَسہٕ باسانی

باسان یِی چھوتِی کالی پزاوِو — منہٕ کنز تھاوِو بکھتے باو

جے جے کار بوٗی تن اَتھ ملوٗارس — جے جے کار بھرتنس بأے چارس

ییتہٕ کیاہ لارن لوٗب مُہہ ترٛاوِو — منہٕ کنز تھاوِو بکھتے باو

جے کار بھرتس تہٕ بھرتنہٕ ماجے — زگتگ راجے گوٗ ژھ ہم ژے

پتھن تہٕ پردے مساگنز راوِو — منہٕ کنز تھاوِو بکھتے باو

زاہدو اَرپن گژھ تہٕ رامہٕ ناوَس — باوَس باو چھوئی دیہ درشن

مُنہٕ چے ننبدرے ژیتھ مسہہ ساوِو — منہٕ کنز تھاوِو بکھتے باو

رامہٕ ناوِ سوٗری تو ویکونٹھ پزاوِو — منہٕ کنز تھاوِو بکھتے باو

☆☆☆

# بھگوان رام

دَرِ گوم دوہ تےَ واتہٕ کوت شامَس — تَس شری رامَس وَنہٕ نے زار

چَنٛدٕ چھوٗن واتہٕ کیتھٕ نشہِ پرم دامَس — تَس شری رامَس وَنہٕ نے زار

گرِ بودزا یوس کَمہِ تام ویرے — شیرے لاگہٕ ہَس باوٕ کوسَم

باوٕ کوسم کرَ پھوٗلی مَتی خامَس — تَس شری رامَس وَنہٕ نے زار

پوٗزحتہٕ کارسے یُس وقتے گرِ دزاو — تُمی ہے دَیہِ سُندلول تےَ باو

تَس راوِ دوہ دبن یُس پزارِ عامَس — تَس شری رامَس وَنہٕ نے زار

رامہٕ ناوٕ سُمرنہِ وزت تیٚمی دوٗ ریے — بوٗسرِ تارس توٗ ریے سُے

تار تیٚمی لوٗب تےَ پزارِ کیاہ عامَس — تَس شری رامَس وَنہٕ نے زار

لاگہٕ نے یم کرٕ ہردِنہٕ کالےَ — پھَلہِ رنٛدس بیٛالے وو پدبس کیاہ

کھَل کیاہ سمہِ تس تیٚمی لوٗن خامَس — تَس شری رامَس وَنہٕ نے زار

لاگہٕ نےَ تیٚمی کرٕ سُلہِ سونٛتھ کالے — بیٛالے بنہِ تس پھَلہٕ ہے کھَل

سوٗمبرنہِ سے لگہِ صُبحس تہٕ شامَس — تَس شری رامَس وَنہٕ نے زار

واتہٕ کرمنٛزلس لوکچار سور یوٗم — یاد پیوٗم بجرُس دَیہِ سُند ناو

زاٗہد وَیی ہا اوسے ازل نامَس — تَس شری رامَس وَنہٕ نے زار

دَرِ گوم دوہ تےَ واتہٕ کوٗت شامَس
تَس شری رامَس وَنہٕ نے زار

# دَیہِ لول

لولس وَنتو کیٛا سنا مانے　　لول ہازانے دِل ہُشیار
رِندٕ گوَ سے یُس لول پچھانے　　لول ہازانے دِل ہُشیار
لولُک پَرتو یَس مَنٛز منے　　تَس آوَنے گٹہِ مَنٛز لال
لولہٕ روٗس آدم کیٛاہ پچھانے　　لول ہازانے دِل ہُشیار
لوٗئے بندٕ تےَ لوٗئے بندٕ گی　　زِندٕ گی ہاپچھے لولُک ناو
لوٗلس مِلٕژار اَز لےَ لانے　　لول ہازانے دِل ہُشیار
لوٗلے تیٛاگ تےَ لوٗئے ویراگ　　لوٗلے بیداغ منہٕ ہے مَنٛز
لولہٕ بسَماہ تنہٕ ملتَو گوسانے　　لول ہازانے دِل ہُشیار
لوٗلے دَے تے لوٗلے دَیہِ گت　　لوٗلے پَتہٕ وتہٕ گُے مِلٕژار
لول نےَ آسی گُس گُس مانے　　لول ہازانے دِل ہُشیار
لولہٕ گیتایہِ مَنٛز لولُک گیٛان پَر　　لولُک دھَیان چھوٗئی دَیہِ درشُن
لولہٕ باوہ اَرزوٗن کرٕشنَس زانے　　لول ہازانے دِل ہُشیار
لولہٕ گنگایہِ مَنٛز من گژِھ ناوٗن　　اَدٕ روزِ یاوٗن بُجرس تام
دوہہ کھوتہٕ دوہ نوِ زانہہ تہِ نوپزانے　　لول ہازانے دِل ہُشیار
لولُک بول بوٗش کن دِتھ وارٕ بوز　　بِگکلہٕ تے کستوٗر وایان سوز
لولہٕ گیت گاوان تم چھِ مان مانے　　لول ہازانے دِل ہُشیار

بکھتہِ باۄ نیتر ولول پچھان    لولُک مانے چھُ پانہٕ بھگوان
باۄ سُمرن اَدِ یِیہِ اتھِ بانے    لول ہازانے دِل ہُشیار
لولُک وۄہار لولُک گُفتار    لولُک مِلۄ ارزآہد وزان
لولہٕ روٗس زِندگی چھےَ بے مانے    لول ہازانے دِل ہُشیار
لولَس ونتو کیٚاہ سنا مانے    لول ہازانے دِل ہُشیار
رِندو گوٗ وسُے یُس لول پچھانے    لول ہازانے دِل ہُشیار



# پٮ۪تت پاوَن

رامہٕ جُو لگیو چانہِن ناوَن    ہاپَتِت تہٕ پاوَن بھگوانو
انۆگرہ چونُے بکھتے باوَن    ہاپَتِت تہٕ پاوَن بھگوانو
رامہٕ ناو کنِ چھُکھ زگتس باسان    جایہِ جایہِ آسان چانٔی سُمرن
دیوانہٕ گٔری مَتی اۄسی چھِ رامہٕ ناوَن    ہاپَتِت تہٕ پاوَن بھگوانو
شیٖتل سو باو کنِ سنیاس پرٛ ووتھ    زَگتس ہوُوتھ ستّانہٕ باو
ترٛیہِ باۄ سیتا راز سی تراوَن    ہاپَتِت تہٕ پاوَن بھگوانو
بأے چاہٕ کُے کیٚاہ وبستار تھوُوتھ    ترٛ ووُتھ تخت بیٚیہِ تاجہٕ کُے لۆب
لۆکھ کیٚاہ ژالہِ ژالہِ اۆش اۄسی ترٛاون    ہاپَتِت تہٕ پاوَن بھگوانو

آلو

سپتاتہٕ لکھشمن ژیٚے پَتہٕ دژا یے — چانہِ سیو ایے ژیٚے ءستی ءستی
تژیہِ باوٕ گُے دھرم تژیہِ نے ہا وَن — ہاپَتت تہٕ پاوَن بھگوانو
باگہِ وان کیاہ اُسی بَن تہٕ بَن بأسی — تم تہِ اُسی کران چأنی سُمرن
بیلنی ہنزٕ بژیٚہِ کھیٚو ونگھ باوَن — ہاپَتت تہٕ پاوَن بھگوانو
یم پتھر پیٚمتی ییٚمہٕ سنسارے — مارے گُری ءمتی شاپوٚ اُسی
پادٕ چانہٕ اہلیایہ گُنہٕ گوٚ یاوَن — ہاپَتت تہٕ پاوَن بھگوانو
تَپہ ریشی تہٕ زپہ ریشی امریتہٕ وَرشنہٕ — چانہِ درشنہٕ گُے زِچھ کران اُس
ذرٕ ذرٕ پھٹیوٚ رُکھ درشن ہاوَن — ہاپَتت تہٕ پاوَن بھگوانو
اُمی جٹایُنہٕ نے لولہٕ تےَ مایے — ماجہِ سپتایے پتھ بلیدان
رامہٕ رامہٕ گُری گُری پَران گوتژاوَن — ہاپَتت تہٕ پاوَن بھگوانو
بألی ییٚلہِ وِوٚل کامہٕ واسنایے — لوٚکہٕ لژایے کھوٚژی نو
تیژ اکہِ بُتراُ ژپٹھ چھِھن تژاون — ہاپَتت تہٕ پاوَن بھگوانو
چانہِ دَیایہِ ءستی اُمی ہنومانن — زانُن سمندرتہِ اکھ کولہٕ تار
ژھال دِتھ لنکایہِ واتہٕ نوواوَن — ہاپَتت تہٕ پاوَن بھگوانو
حال تتہٕ بوٚوُن سپتایہِ ماجے — زَگتگ راجے ژھاران ژیٚے
مایہ ہوٚ سپتا اوٚش کیاہ تژاوَن — ہاپَتت تہٕ پاوَن بھگوانو
پُنژری تےَ وَاندرمنز لنکایے — یودہے آیے ژیٚے ءستی ءستی
لنکا زألتھے مورتھن راوُن — ہاپَتت تہٕ پاوَن بھگوانو

ژٕ ے چھکُھ مول موج ژٕ ے چھکُھ پالن ژٕ ے چھکُھ گالَن دوکھ تےَ دأدی

ژٕ ے چھکھ گلہِ گلہِ اَمریتھ چاون          ہاپَتِت تہٕ پاوَن بھگوانو

برٛہمہٕ روٗپ وِشنہٕ روٗپ شِوٕ روٗپ چھُنوٗیَ          سونُے بھِوہ نے جے جے کار

کرٛشنہٕ رُوپہٕ گوپین راس کھیلہٕ ناون          ہاپَتِت تہٕ پاوَن بھگوانو

زأہِد تہٕ مُشتاق رامہٕ دَرشنٕس          منَس مَنٛز ژٕ ے آستم مےَ

یَژھ پَژھ چھےٚ توَ ے رامہٕ گیت گاوَن          ہاپَتِت تہٕ پاوَن بھگوانو

رامہٕ جُو لگیو چانِہ ناون          ہاپَتِت تہٕ پاوَن بھگوانو



# شری کرٛشنہٕ لیلا

پوٗزا کرِیو مَنہٕ کے مَندرو          ہاشامہٕ سوٗندرو نارانو

شامہٕ رنٛگہٕ کامہٕ دیٖوٕ صوٗرت بندرو          ہاشامہٕ سوٗندرو نارانو

رادھا ژیٚنے پتہٕ چھیا دیوانو          بہٕ تہٕ کیٛاہ زانےَ لوٗکہٕ لزا

ہول کوٚ رمالوٗکن تہٕ رأوِم نیٚندرو          ہاشامہٕ سوٗندرو نارانو

چھکھ مکُٹ دأری بنسری والے          بالے دِتہٕ درشُن

دَرشُن بہٕ کرِیو پوشے گنٛدرو          ہاشامہٕ سوٗندرو نارانو

کامدیٖنہٕ رچھنے وَنہٕ وَنہٕ پھیران          نیران ژٕیَ گوٗری بالکن ستۍ

موٗرلی شبدٕ چانہِ بال ماچھٕنٛدرو ہاشامہٕ سوٗندرو نارانو

راس پھُکھا کھیلان بالہٕ گوپالو ہانٛدٕ لالو گوٗپین سٕتی

گوٗپی چھےٚ نژان نٔبرٕ تےٚ اٚندرو ہاشامہٕ سوٗندرو نارانو

دِیوی تہٕ دیوتا چھِ کران مالو ہانٛدٕ لالو باوٕ پوٗشن

پانہٕ ورشُن کران چھُوٚی راژٕ یٔندرو ہاشامہٕ سوٗندرو نارانو

بَنٔسری وایان بندرابنہٕ ژِٲی گوٗپین مَن ژٕ ےژٕ رِنوان

تارٕ کن مَنٛز ژٕ ےزوتان ژٔندرو ہاشامہٕ سوٗندرو نارانو

گوٗوردَھن یِیلہِ رِکسہِ پٹھ تھوٗوُتھ ہوٗوُتھ یٔندرازَس تہِ آشچر

آشچر وُچھتھےٚ من گوٗس ۂندرو ہاشامہٕ سوٗندرو نارانو

ویشنہٕ روٗپہ کرٕشنہٕ روٗپہٕ ژٕ ےنارانو زاٗہد تہِ درشنَس پژارنو

شامہٕ روٗپہٕ دِتمو ہارامہٕ ژٕندرو

ہاشامہٕ سوٗندرو نارانو



# زَگت ماتا شارِکا بھگوٗتی

مےٚ لوٗلن چاٲنۍ نیٚوٗنَم ہوٗش زَگت ماتاژٕ تھاوُم گوٗش

ژٕ ےماتا آسہٕ ٹنک چھےٚ بوٗش زَگت ماتاژٕ تھاوُم گوٗش

# اَلُو

چھُ ہارے پَر بتے چون تھان — بہتھ تھزرس ژ چھکھ تابان

موکھس کیٔاہ تیز پاد پمپوش — زَگت ماتاژ تھاوُم گوش

چھِ ہر سوٗ چاٗنی حُکمرانٔی — عَدِل تےَ بییہ نظرِ ثانی

ییہ عرضی میٲنی ژ کرد ر گوش — زَگت ماتاژ تھاوُم گوش

چھُ دربار چون ییتہٕ شن طرفن — نہٕ چھُس کُنہٕ آدِنۓ کُنہٕ ژھین

چھُ آکاش چون سون سرپوش — زَگت ماتاژ تھاوُم گوش

چھُ کیٔاہ حاصِل دراین سٔنسار — پتولاران گُنڈی تے خار

زَپُن چون ناو بہتھ خاموش — زَگت ماتاژ تھاوُم گوش

زَگت سورُے چھُ سنتان چون — مُرکھ باوَے اَسے کرزون

رچھان سارِنے ژ درآغوش — زَگت ماتاژ تھاوُم گوش

مَنگان یُس پِی دِوان تی چھکھ — زَگت ماتاژ ے بے شک

منگُن سونُے تھوان دَر گوش — زَگت ماتاژ تھاوُم گوش

چھِ عأبو ستہ ژ ڈلی متی — دوکھو دادیو چھِ گلیٔ متی

دوادادین سَرِن سرپوش — زَگت ماتاژ تھاوُم گوش

چھُ کانہہ سنتان خراب آسان — چھِ ماتا ژ دٔرِتس کھیٔاوان

دِوان آلووَ لومو روش — زَگت ماتاژ تھاوُم گوش

گنٛڈھان شَرِنی یم ژیے کُن — تمن سنموکھ بنان درشن

کران گلہٕ گلہِ چھامریتھ نوش — زَگت ماتاژ تھاوُم گوش

چھُ کیٛاہ زاَہِد ہوٚندُ رگوٗمت
یہِ کایایہِ نارتہٕ سوریوٗمت

کلیم زبوتہٕ گوس خاموش
زَگت ماتاژ تھاوُم گوش

میٛہ لولن چاۓنی نیوٗنم ہوش
زَگت ماتاژ تھاوُم گوش



# بھگوانس کُن زاری

حالہٕ اکہٕ چھس پشیمان
زار بوزہی بھگوان

پادَن وندہٕ ہے جان
زار بوزہی بھگوان

زیٛوٚٹھ سمسار کرٕ ڈٕٹھ پیوٚم
مایایہِ زال نالٕ گوم

تمہِ حالہٕ گوس نیم جان
زار بوزہی بھگوان

کایایہِ نار سوریوٗم
اَگنس پوٗنی زَن پیوٚم

پان زَن گوم ہٕندٕ ران
زار بوزہی بھگوان

ژِیٛ سَمندرٕ گۓ رَو
زِہوٚن تہِ چوٗن پرتو

چوٗنۓ دِہ تہٕ بیٛیہٕ پرٕان
زار بوزہی بھگوان

پرٕان میاٛنی ژیٛے حوالۓ
زِگتکہِ رَکھ پالۓ

پالہٕ ژُن چھکھ ژٕ ناران
زار بوزہی بھگوان

سَنسار ژٕے بَناوان
گُلزار پھوٚلہٕ راوان

زیرِ اکہِ ژِ ے کران فان          زار بوزِہی بھگوان
ذرٕ ذرٕ زِیوٗ ن منٛز          دِیوٕ یَن تہٕ دیٚوٗن منٛز
اَنوٗ گرٛ یٚہہ چون آسان          زار بوزِہی بھگوان
بٔگھتی ہُنٛد یہِ آشکار          کٔمی سبأ ہووسَرِ بازار
سینہٕ مُنٛز رِتھ ہنوٗ مان          زار بوزِہی بھگوان
پرٛہلادگرِ ییٚلہِ دژاو          ستیٚ ہیتھ دَیہِ سُنٛد ناو
شُر باشِن بَنیوٚس گیان          زار بوزِہی بھگوان
کو بزایہِ اَنوٗ گریٚہہ چون          کوستھَس زوٗنہِ زَن گرٛ ون
وٗرتھن تہٕ اٚس تو شان          زار بوزِہی بھگوان
بٔگھتین چھےٚ نہٕ بڈٕ کتھ          اَنہِ گٹہِ ہاوَن وَتھ
اَزلےٚ تم چھِ زانان          زار بوزِہی بھگوان
اگنیانہٕ گٹہٕ کارَن          یَم ہاوٕلی سمسارَن
تِمنےٚ کروٗن چھُ ایحسان          زار بوزِہی بھگوان
چانہِ دربارٕ عرضی          سبد کرٕنی چھِ چأنی مرَضی
رشوتھ تہِ پوٗش ساران          زار بوزِہی بھگوان
امر یتہٕ پرٛشاد چون          سارِنےٚ گوٚژھ یہِ بأ گرون
رایہِ رایہِ کیٛازِ بأ گران          زار بوزِہی بھگوان
بکھتہٕ باوٕ کُے تمناہ          دَ ےتہِ اَمہِ روٚستےٚ چھُ ما
زأہد چھُ اَتہِ حأران          زار بوزِہی بھگوان

# زَگت ماتایہِ ہُنْدمہما

شمع رویَس مأج لاگے پَروانتےَ          دَرشنہٕ چانیُگ چھُس بہٕ گومُت دیوانتےَ
اَزسوزِ جگر چھُس بہٕ توَے نالانتےَ          دَرشنہٕ چانیُگ چھُس بہٕ گومُت دیوانتےَ
بڑتل چانے چھُس بہٕ گدٰا اصدا ابوزُم          مُدعاتہٕ چھم تیی میٚہ گڑھتم بوزانتےَ
دَرشنہٕ چانیُگ چھُس بہٕ گومُت دیوانتےَ
عشقہٕ چانیُگ رَشکہٕ للہٕ وان یژ کال ووتُم          بے حال پیومُت نالِ گومُت زولانتےَ
دَرشنہٕ چانیُگ چھُس بہٕ گومُت دیوانتےَ
اُمی لولہٕ نارَن سۄرکۄرنم اَندری بَدنَس          ودِنَس میأنِس چھکھ ژٕ بوزان ترانتےَ
دَرشنہٕ چانیُگ چھُس بہٕ گومُت دیوانتےَ
ؤدی ؤدی سوریوم گاش چیٚشمن چھم آش چأنی          پرکاشہٕ چانیُگ گاش زَگتس میلانتےَ
دَرشنہٕ چانیُگ چھُس بہٕ گومُت دیوانتےَ
بے عار سمسار مدِ والان کمن کمن          سمسارِ بڑمن گأڈِ یتی کم جانانتےَ
دَرشنہٕ چانیُگ چھُس بہٕ گومُت دیوانتےَ
امربتہٕ بری بری ناگ چأنی باغن اَندر          چھُس تشنہٕ گومُت پیالہٕ گڑھُم چاوانتےَ
دَرشنہٕ چانیُگ چھُس بہٕ گومُت دیوانتےَ
زَنمس ییلہِ آس تیلہِ اَسہم کھٔنتھ تھاوان لولہِ منزٕ ژِ تھٔی گلہِ گلہِ دودچاوانتےَ
دَرشنہٕ چانیُگ چھُس بہٕ گومُت دیوانتےَ

پان پأرأ وِتھ للہٕ نأوِتھ بیٚیہٕ سُلہٕ ناوِتھ    مَنز رونہٕ مَنز لِس پانہٕ أسہَم ساوانتےَ
دَرشنہٕ چانیٚک چھُس بہٕ گومُت دیوانتےَ ۔
فِکرے پۄرِ گوس دۄرتر وَوتھَس پانَس نشے    پاونےٚ زٕمینَس نرِواتان آسمانَس تےَ
دَرشنہٕ چانیٚک چھُس بہٕ گومُت دیوانتےَ
موہ کِس زالس مَنز پِنہٕ چھُس آمُت ہینے    تنہٕ پِی گدُریوٚم تی نےٚ چھُس ژالانتےَ
دَرشنہٕ چانیٚک چھُس بہٕ گومُت دیوانتےَ
دیوانہٕ گومُت بیگانن مَنز چھُس پیۄمُت    نیم جان گومُت نیتر وخۄن ہارانتےَ
دَرشنہٕ چانیٚک چھُس بہٕ گومُت دیوانتےَ
رَتھ ہےَ بہٕ وندَ ے کتھ کرتم سَنمو کھرۄ زِتھ    بوزتم ونہٕ ہےَ کم میٚیہ گیم اَفسانتےَ
دَرشنہٕ چانیٚک چھُس بہٕ گومُت دیوانتےَ
زأہدس أندری ہۆل گومُت لولُک تژر    ہَشر رللہٕ وان پانہٕ نشے بیگانتےَ
دَرشنہٕ چانیٚک چھُس بہٕ گومُت دیوانتےَ
شمع رولیس موج لاگے پَروانتےَ    دَرشنہٕ چانیٚک چھُس بہٕ گومُت دیوانتےَ



# ماجہِ بھوانہِ گُن

یاؤن سوریوٗم اوش ہأری ہأری
خأرِی کاستم مَو جے ژِئی

کانہہ نۓ گوٗ خألی چانہِ دربأری
خأرِی کاستم مَو جے ژِئی

زَنمس یتھِ کیاہ حأصِل سَپد یوٗم
وو پدیوٗم گرمۓ نیا یک پھل

حاشے گوٗمُت گرٹہٕ کیاہ نیری
خأرِی کاستم مَو جے ژِئی

شُر پاہٕسے مَنٛز یمٕ سمسأری
کالہٕ شہمارن ووٗلنم نال

پامال کوٗرنس یمٕ سَمساری
خأرِی کاستم مَو جے ژِئی

مُہہ گۓ زالا سبزار دژ ییٛٹھ آم
لولہٕ اَمارَن زالہٕ لوٗگس

نال ہَے ووٗلنم نفِس اَمأری
خأرِی کاستم مَو جے ژِئی

کامہٕ صیادَن بند ہے کوٗرنَس
بوٗ رنَس ویوہارٕ پنٛجرَس منٛز

گیانہٕ چمن برَنین بنٛد گأم تأری
خأرِی کاستم مَو جے ژِئی

شہبازٕ اَستھ پرواز بَند گوٗم
فند گوم کرُوٗ دھن پرٕ ژٹی نم

پرٕ ژھیون بَند گوس چھم بیقرأری
خأرِی کاستم مَو جے ژِئی

بُلبُل أستھ گُلزار ترٛ ووٗم
روٗدُم سوٗ ہم سُو گفتار

پوشہٕ زار ترٛ اُوتھ کُنڈی گیم لأری
خأرِی کاستم مَو جے ژِئی

برٛہمن زنمک ناومنٛدِ چھوٗدُم
روٗدُم اتھ منٛز اوم گۓ لال

حیس ہوش نیوٗنم اگیانہٕ کأری
خأرِی کاستم مَو جے ژِئی

مُہہٕ اَندہ کارَن رَسہٕ رَسہٕ پوونَس     ترٛ وونَس مَنٛز دَتہٕ لوٗٹتھ زَن

چھوکہٕ لَد پانَس خوٗن گوم جاآری     خاآرِی کاستم مَوجے ژٕیَ

رنگہٕ رنگہٕ رَنگ چون مَنٛز گُلزارن     رَنگہٕ جانوارَن تہٕ چون بول بوش

امریتہٕ زَل چون جویَن جاآری     خاآرِی کاستم مَوجے ژٕیَ

بے گَس یہٕ زاآہِد آمُت سَوآلی     کاآلی کایایہٕ گژھِ ماسوٗر

نوٗرٕ چانہِ خاکس پھولان گُلزاآری     خاآرِی کاستم مَوجے ژٕیَ



## (1) درٛوپدی ماتا

چھَس ِگرفتار بال کمہِ حالو     شامہٕ لالو چارٕ کرُ ومیٛون

حالہٕ کمہِ تام لجمٕژ بہٕ زالو     شامہٕ لالو چارٕ کرُ ومیٛون

پننہٕ نی کیٛاہ دُشمن سَپدیم     ووپدیَیم کرَمےَ نائیک پھل

موکہٕ لاوان چھکُھ ژٕ گلہِ کالو     شامہٕ لالو چارٕ کرُ ومیٛون

پننہٕ نبو کیٛاہ کیٛر میٛہ أند کارٕی     لاچاآری چھم سَر وپاے

جامہٕ ژٕڈ ژٕڈ چھِم کڈان نالو     شامہٕ لالو چارٕ کرُ ومیٛون

چھوٗیَ ژٕے وۆنہٕ مُت لولہٕ کین نادَن     تس بہٕ واتان چھُس اردہ راتن

موکہٕ لاوان کشٹنہٕ زالو     شامہٕ لالو چارٕ کرُ ومیٛون

# آلو

آلو میانٔی کیاز چھکھ نہٕ بوزان
زَن ژٕ روزان پتھ ونہٕ نے

نادلاَے لاَے گیس بے حالو
شامہٕ لالو چارٕ کرُ ومیون

مَنز سبھا یے چھس دِوان وۆنیے
نیرٕ نۆ بلیے کرٕ شنہٕ اَوتار

کانٕہہ تہِ نوُ چھم چانہِ خطٕ خالو
شامہٕ لالو چارٕ کرُ ومیون

دَیہِ گتہٕ کُے ژ یرِ گو طوٗفان
بھگوانو کتہِ چھکھانہٕ ندرے

ننگہٕ گرٕ ھنٕے بال کنُتھٕ ژالو
شامہٕ لالو چارٕ کرُ ومیون

دژ وپدی چھے چانے آشے
والہٕ واشے لجمٕؤ زَن

موکلاوتم دِہنہٕ دیالو
شامہٕ لالو چارٕ کرُ ومیون

جامہٕ مُژ رِتھ پامَن لگیو
شہرٕ گامے بُتھ کیُتھ دِمیو

نتہٕ وَلتم پنہٕ نے جلالو
شامہٕ لالو چارٕ کرُ ومیون۔

دژ وپدی یِیلہِ ویا گل سپُدمَن
سورگہٕ جامے تنہِ لاگہٕ نأوتھن

اَدٕ کورَو تہِ گیہِ پامالو
شامہٕ لالو چارٕ کرُ ومیون

ژٕ ے دَیو چھکھ زار گندٕ ناوان
ہأری ہأری سأری پشیمان

تتہِ زأہد تہِ گومُت فنٔ الو
شامہٕ لالو چارٕ کرُ ومیون

چھس گرفتار بال کمہِ حالو
شامہٕ لالو چارٕ کرُ ومیون



# (2) لیلا دڑوپدی ماتا

کرٛشنَن تہٕ کوٚرِنس چارٕ لولو
دَیہ گتھ گیہِ آشکارٕ لولو
کورٕ وَن ییٚلہِ گوسبٹھاہ ابھمان
ساٚرِے کوٚ رُکھ اِنکارٕ لولو
دریودھن کیٛا اوس بلہٕ وان
أندری اوٚسس خارہ لولو
کورٕ وَ ویٚلہِ کوٚر ابھمان تس
بوونس پٔتن اسر ار لولو
کوٚ تاہ کرنہٕ لٔج شاٚدِیانے
کرٛشنٕنے سٕندِ اَنہار لولو
دڑوپدی کو تاہ گیہِ خوشحال
توٚ وتہٕ پژون اَتہِ کیٛاہ ژارٕ لولو
سورٕ گکی جامےٚ تنہٕ لاگان
شرمندٕ گوٚ ہا دربارٕ لولو
پانڈو وَتہِ شاٚدی ہُند تُلگھ ہوٗے
گٔیہ شرَن بارَم بارٕ لولو

جامَن ہا گٔیہِ اَمبارٕ لولو
جامَن ہا گٔیہِ اَمبارٕ لولو
زٕ نگھ نہٕ پاپھ پونی بیٚیہ بھگوان
جامَن ہا گٔیہِ اَمبارٕ لولو
جامہٕ مژرَنہٕ ہے چھُنہٕ پوشان
جامَن ہا گٔیہِ اَمبارٕ لولو
دڑوپدی شرن گٔیہ بھگوانس
جامَن ہا گٔیہِ اَمبارٕ لولو
سنہٕ موکھ آو بھگوان پانے
جامَن ہا گٔیہِ اَمبارٕ لولو
جامہٕ اوس تژ اوان پانہٕ نَنٕدٕ لال
جامَن ہا گٔیہِ اَمبارٕ لولو
لاگہٕ نَس تہٕ دڑوپدی کیٛاہ چھہِ توشان
جامَن ہا گٔیہِ اَمبارٕ لولو
آشچرِ ییٚلہِ وُچھکھ دَیہِ گتکوٗئی
جامَن ہا گٔیہِ اَمبارٕ لولو

آلو

تنہٕ منہٕ زأہدٕ وشادیانۍ		پَرتولوٕلکۍ افسانۍ
وَزٕنۍ دِلچے تارٕلولو		جامن ہائگیہِ اَمبارٕلولو
کرٛشنن تہِ کوٗرنَس چارٕلولو
جامن ہائگیہِ اَمبارٕلولو



## شِو جی

ژٕشِوٕ شِوَے کران گوٗھتو		شِوائے نمہٕ اوم پَران گوٗھتو
ژٕ راتھ تےَ دِبن سَران گوٗھتو		شِوائے نمہٕ اوم پَران گوٗھتو
بڑ ہمُک یہِ سمسار اَپُز ژٕ زانُن		پَزی ژٕ مانُن شِوٕ ے ژٕ داپور
اَوَے ژٕ شِوٕ دھیان دَران گوٗھتو		شِوائے نمہٕ اوم پَران گوٗھتو
سٕدریہِ سمسار چھُ زیٹھِ زیٗوٹھُیو		مُنٛزِل چھُ کرٛ ڈٕ ٹھُے ترُن اَپور چھوٗی
ژٕ گیانہٕ ژھانٹے تران گوٗھتو		شِوائے نمہٕ اوم پَران گوٗھتو
بِنٛھ ژہ ساقی یہِ لولہٕ کُے مَس		ژٕبأ گران گوٗھ دوہَس تہٕ راتَس
ژٕ لولہٕ کھاسِبن پھِران گوٗھتو		شِوائے نمہٕ اوم پَران گوٗھتو
اندرژٕے پانس چھوٗی شِوٕ مندر		سوٗندر چھُ شِو تےَ ژٕ پوٗز کرتس
نائلی لال مالہٕ تس جَران گوٗھتو		شِوائے نمہٕ اوم پَران گوٗھتو

آلو

ژےٚ شِۆناوَے سُندر گرٛژھی مَن ژےٚ شِۆسُمبر نہٕ کھۆ ٹس بنی سون
سو وانہٕ مَنہٕ کے گران گرٛژھتو شِوا ے نمہٕ اوم پَران گرٛژھتو
ژٕ زاَہد وزان مرُن چھُ اَخر یہٕ بارِ دُنیا زَرُن چھُ اَخر
ژٕ انتہٕ سمیَس سوران گرٛژھتو شِوا ے نمہٕ اوم پَران گرٛژھتو

☆☆☆

# لٔلی شۆری

سُمرنہٕ چانہٕ ستی بیمار بٔلہِ یے لٔلہٕ یے ژےٚ پزٕ وُوتھ مؤکھی تھان
پادچاٗنی پمپوش چیٚشمہٕ کاز لۓ لٔلہٕ یے ژےٚ پزٕ وُوتھ مؤکھی تھان
ماتاٗ ستھ لٔلہٕ رؤپ دورُتھ گورُتھ دمہٕ دمہٕ گورٕ سُندٕ دھیان
سؤ ہمہٕ سؤ کی گنٛز رِتھ پھٔلی یے لٔلہٕ یے ژےٚ پزٕ وُوتھ مؤکھی تھان
مَن تہٕ پڑان مِلہٕ وُتھ ستی بھگوانس اَتھ گورٕ گیانَس تھاٗوِتھ لۓ
اَدٕ سٔدرس تران اَسکھ پیٹھی ژٔلی یے لٔلہٕ یے ژےٚ پزٕ وُوتھ مؤکھی تھان
ستہِ پوٗزاکران ژٕ گورہ پادن سٔنیاس سادن تہٕ گوٗ آشچر
گورٕ سیوٗ وُچھتھ چاٗنی طوط گیہٕ گلی یے لٔلہٕ یے ژےٚ پزٕ وُوتھ مؤکھی تھان
شؤبہٕ وُن ناوچون کیاہ لٔلی شۆریے زٔرِیے جامَن ژےٚ لۄبُتھ نۓ
تیز چون سریہٕ تے دَنٛد قندٕ پھٔلی یے لٔلہٕ یے ژےٚ پزٕ وُوتھ مؤکھی تھان

هشہِ نارٕ ژولتھ لوٗب مُہہ گولتھ　　أندری للہٕ ژتھ نیلہٕ وَٹھ ژے
سنتوشہِ باؤ کھیتھ امرٕتھ پھلی یے　　لٔلہٕ یے ژٔے پرٛ ووُتھ موٗکھی تھان
ووٹھ ییٚلہِ لٔاتھ توندرٕ ےنارٕس　　زٕن تہٕ گُلزارس بُلبُل ژاو
نارٕ منٛزٕ ہ سرٕ گییٚھ جامہٕ کُمٕ ولیے　　لٔلہٕ یے ژٔے پرٛ ووُتھ موٗکھی تھان
دیوی تہٕ دیوتا گییہِ آشچرٕ سئ　　چأنِس وٕرسئ جے جے کار
پانہٕ بھگوانٕن جامہٕ تتہِ ڈٔلیسیے　　لٔلہٕ یے ژٔے پرٛ ووُتھ موٗکھی تھان
چھکھ زٕ گتھ ماتا تیزٕ کٔنی باسان　　بٔکھتٕن کاسان دوکھ تےٚ دأ دکی
سید کران تم اچھریم چھِ ئلی ئلی یے　　لٔلہٕ یے ژٔے پرٛ ووُتھ موٗکھی تھان
کشمیرٕ منٛڈلٕس آیکھ اوتأری　　سأرِی چھِ کران چأنی سُمرن
واکھ چأنی چاوان امرتہٕ گٔلی یے　　لٔلہٕ یے ژٔے پرٛ ووُتھ موٗکھی تھان
پومپرٕ ے للہٕ تژ اگ چونُوئی آسان　　باسان تتہِ چھوئی چون آسٕن
چھکھے کونگہٕ زارٕن کِنہٕ ناگہٕ ئلی یے　　لٔلہٕ یے ژٔے پرٛ ووُتھ موٗکھی تھان
کارتِکہٕ کونگ پوش کمہِ تانٛی رایے　　پرٛیمہٕ تہٕ مایے آیہِ برٕ جوش
کینٛہہ پھوٗلی ازلےٚ کینٛہہ اڈٕ پھٔلی یے　　لٔلہٕ یے ژٔے پرٛ ووُتھ موٗکھی تھان
یم ہےٚ رُوٗد اڈٕ پھوٗلی تم وارٕ پھولہٕ ناو　　سگہٕ ناو پنہٕ نے تپہٕ سگہہٕ ستی
زل تھل ژٕ پانےٚ کینٛہہ نےٚ چھوئی مٔلی یے لٔلہٕ یے ژٔے پرٛ ووُتھ موٗکھی تھان
یگسان زونتھ ہیوٚند مُسلمانٕس　　شاہ ہمدانٕس ستی مِلہٕ ژار
پرٛیمہٕ رٕس بأگران آیہِ گأٹلی یے　　لٔلہٕ یے ژٔے پرٛ ووُتھ موٗکھی تھان

نُندٕ ریوٗش ییلہِ زاو کأنسہِ مابوٗن — ماجہِ ہُند ترٛ ووٗن چوٗن ییٚ شیٚر

چانہِ اُپدیشہٕ چون شیٚر گلہِ گلی یے — لٕلہٕ یے ژٔے پٔز ووٗتھ موٗکھی تھان

منشہِ دِیہہ دأژٕ کھ پٔز کاش تھانَس — آنس ہووٗتھ گیانہٕ دِپہ گاش

شِوشکھتی مٔیل گوٗ گیانہٕ کے ہٕلی یے — لٕلہٕ یے ژٔے پٔز ووٗتھ موٗکھی تھان

تیزِ چانہِ گاہ سو کوہَن تہِ بالَن — سَنگر مالَن تہِ چون پَرتوَ

اوبرٔے تلہٕ چی نارٕ وُزملی یے — لٕلہٕ یے ژٔے پٔز ووٗتھ موٗکھی تھان

اگنیان زأہدس کرمےٚ ہأنی — سہ کوٗے زانی چون مہما

ہنگہٕ منگہٕ ووٚلُمت سَنسارٕ ژھٕلی یے — لٕلہٕ یے ژٔے پٔز ووٗتھ موٗکھی تھان

سُمرنہِ چانہٕ ستی بیمارٕ ہٕلی یے — لٕلہٕ یے ژٔے پٔز ووٗتھ موٗکھی تھان

پادچأنی پمپوٗش چیشمہٕ کازلےٚ — لٕلہٕ یے ژٔے پٔز ووٗتھ موٗکھی تھان



# گوری شنکر

گوری پورِ کے گوری شنکرٕ — ہَرٕ ہَرٕ لگہٕ یو ہَرٕ ناوَس

ماجہِ پارٕ وٕتیےٚ ہِندِ بسمادرٕ — ہَرٕ ہَرٕ لگہٕ یو ہَرٕ ناوَس

کیلاسہِ پَربتہٕ روٗدِ ییلہِ ترٛوٗوٗتھ — پٔز ووٗتھ گوری پورے تھان

ستی ہیتھ گوری آوےٚ لمبودرٕ — ہَرٕ ہَرٕ لگہٕ یو ہَرٕ ناوَس

بژشبَس کھٔسی تھٔیٔ کمہٕ چکہٕ چاوَے  آوَے بنہٕ تھٔی بولے ناتھ

اومایہٕ ستؠ ہیتھ ژاوَے شوٕمندرٕ  ہَرٕ ہَرٕ لگہٕ یوٗ ہَرٕ ناوَس

روخ کٔیاہ زوتان مَس پَریشانو  تیزٕ کَنؠ ہے گوسونؠ باسانو

اَمہِ رٔپہٕ ناوچون پیوٗمُت جٹادَرٕ  ہَرٕ ہَرٕ لگہٕ یوٗ ہَرٕ ناوَس

چھوٚیٔ اُمبوٗ ربٔ تاروَیس مٔلؠ تھٔیٔ  ؤلؠ تھٔیٔ تنہِ چھُکھ سہہٕ ژَم ژٕے

بَسمامٔلؠ تھٔیٔ وَنان بَسمادرٕ  ہَرٕ ہَرٕ لگہٕ یوٗ ہَرٕ ناوَس

گنگاماتایؠلہِ ژیٚے ؤرتھَن  ؤرتھَن تہٕ کُرتھَس جیٚٹہٕ مَنز جاے

اَمہِ موکھٕ ناوپوٗ ناگنگادرٕ  ہَرٕ ہَرٕ لگہٕ یوٗ ہَرٕ ناوَس

سٔنیاس لٔاَگتھ یؠلہِ چھُکھا نیران  ونہٕ ونہٕ بنہٕ بنہٕ چھُکھا پھیران

جوٗگیالٔاَگتھ چھُکھ اَژان گرٕ گرٕ  ہَرٕ ہَرٕ لگہٕ یوٗ ہَرٕ ناوَس

ڈمرٗ اَتھَس کیتھ بیہِ ترٕشوٗل داری  بُوتن پِشاژَن ژٕ سمہٲری

کوٗپہٕ چانہِ زَگتَس ییمہٕ چی تھرٕ تھرٕ  ہَرٕ ہَرٕ لگہٕ یوٗ ہَرٕ ناوَس

ژٕے چھُکھ پالہٕ وٗن ترٕ زَگت پالو  ژٕے چھُکھ گالہٕ وٗن دوکھ تےٚ دٲدی

زٲہدس تہِ مانے ترٲے چاٲنی ذرٕ ذرٕ  ہَرٕ ہَرٕ لگہٕ یوٗ ہَرٕ ناوَس

گوری پورٕ کے گوری شنکرٕ

ہَرٕ ہَرٕ لگہٕ یوٗ ہَرٕ ناوَس



# سوآمی مست بب

آیے شِرنی ہیٚو راوبَر، ہی سوآمی اَکھ نظر

بَلہٕ ہے دود ژَلہِ ہے شر، ہی سوآمی اَکھ نظر

سَنسارِ کے زالہٕ آمُت وَلہٕ نےَ تی کس ونو

کیاہ گُدرِیو وپاے تاسَر، ہی سوآمی اَکھ نظر

گآمِتی پامال تاسر وپاے، گرو وپاے اَسہِ آش چانٔی

لولہٕ تب گُے ہنہِ ہنہِ زر، ہی سوآمی اَکھ نظر

ژِےَ بَب تےَ ژِےَ موجی، ژِےَ رچھن وول شُرِنی

سانہِ شُری باشہِ گوشن کَر، ہی سوآمی اَکھ نظر

أسی منگان بَس باوٕ بکھتی، دہن ہتہٕ راتھ ناوچون سَران

یُس نہٕ زانہہ مَشہِ دِتہٕ سُے ور، ہی سوآمی اَکھ نظر

چانٔی نظر ا اَکھ سہٹھاہ اَسہِ، یوٚ دکرکھ پاپ ژَلہٕ ہَن

کیاہ گژھیَ کم ہاوٗتہٕ آشچر، ہی سوآمی اَکھ نظر

نےَ چھِ دَھرمی نےَ چھِ کَرمی، نےَ چھِ زانان دَیہِ ناو

بَس چھِ للہٕ وان اکھ لولہٕ زَر، ہی سوآمی اَکھ نظر

أسی چھِ لاچار لولہٕ زر سٔنتھ، اَسہِ گومُت رُمہٕ رُمے

ژِےَ طُبیاہ ژِےَ گوہَر، ہی سوآمی اَکھ نظر

ویشنہٕ لۄگس اَتھ روٗٹ کران، بڑ ہمہٕ لۄگس تارٲنی
تارَن وول ژٕیٖ منوہَر، ہی سوٲمی اَکھ نظر
روخ ژٕے پڑٕ زلان ماہِ تابان، سر یہِ زَن پۆر رِگنے
گٹہِ منٛزٕ کُے ژٕیٖ گاشُر، ہی سوٲمی اَکھ نظر
ڈیکہِ شۆبان ٹیۆک کیاہ ژیے، موختہٕ ہران اَسہِ نَس
جٕٹہٕ ترٲوِتھ چھُکھ جٹادر، ہی سوٲمی اَکھ نظر
چھُوٗیی ژٕے آسن بٲدی پورنے، دٲدی لد بلے تتہٕ کتی
آیہِ لاران گاموشہر، ہی سوٲمی اَکھ نظر
مس بٲگران مست گومُت، سوٲمی مَست رام ناوپہو
داماہ چاوژلہِ ہے شَر، ہی سوٲمی اَکھ نظر
کیاہ پٹۆلی ہندی چھِہ باگہِ وان، یمہٕ نے ستی دین تتہٕ راتھ
راس کھیلان چھُکھ منوہر، ہی سوٲمی اَکھ نظر
بکُھتن ہنٛز وِلہِ زٲری، گوش گنڈٲری گۆژھی تنے
دست بستہٕ چھی شام وسَحر، ہی سوٲمی اَکھ نظر
وُچھتہٕ زٲہد کمہِ حالئے، حالہٕ نشہِ بے حال چھوٗیی
پادِ کملن چانِہ تل، ہی سوٲمی اَکھ نظر
آیہِ شرِنی مۆ راوبَر، ہی سوٲمی اَکھ نظر
بلہِ ہے دودژلہِ ہے شَر، ہی سوٲمی اَکھ نظر



# ترٛیٖیم آلو

# کأشِری بأتھ

## وبداکھ

تانہٕ ہیتہٕ پانوٗنہِ چھوٚی آدَن — سادَن کونہٕ چھکُھ گرٕگژھنُے

کأنٛسی یِیلہِ پانوگرٕکن نیٖرکھ — اَدِ کتہِ شیٖرکھ دَرتہٕ دیوار

کأنٛسی تتہِ پانوبندٕ بنٛدٕ کھولہٕ نےٚ — بولہٕ نےٚ بند تتہِ سَرِ دَربار

کأنٛسی پانہٕ بأے بند کانٛہہ نسأدرکار — اَتہٕ بارِ پنہٕ نُے بار

وبہٕ ہار کارٕ بار کیٚنٛہہ نہٕ تتہِ دَرکار — تتہِ چھوٚی پزٕ یُک کارٕ بار۔

پزٕ کے کارٕ بارٕ دَیہِ ناو پزٕ اوکھ — ابھِمان ترٛ اوکھ لنکایہِ ہُنٛد

ابھِمانہِ لنٛکاہَنہِ ہَنہٕ والُن — وأتلِتھ گنٛڈٕتس نار

دِل گژھ رام اِدٕ خام دَزٕ سوزُے — اَدِ بنہِ سُدرَس تار

راوُن راوہ روٗدُم ابھِمان ترٛ دوٗم — دِلہٕ ہے ہوٗدُم لنکایہِ ڈاس

خام بہٕ اوسُس لوٗکہ پامہِ کیٛاہ گرٕ — درٕ کتہِ جامَن لگہِ یِیلہِ نار

کأنٛسی تتہِ زأہد دوأجِد روزَ کھ — شأہد روزٕ نےٚ اوٗنٛگجہِ تےٚ زبان

اوٗنٛگجہِ تےٚ زبو یِیلہِ گژھنےٚ پھیرِتھ — دِوٕگیہِ نیٖرتھ کس وَنکھ کیٛاہ

آلو

# کأشُر غزل

سورٕ دُن یہِ سمسار روزِ گس بأ لِیے — کأ لِیے تڑ اوُن چھوَے
غفلت تڑ اوتوَ کانہہ نہ یتہِ سأ لِیے — کأ لِیے تڑ اوُن چھوَے
یوت یِتھ زنمس کوٗر کیاہ میٖہ حاأصِل — وأصِل کانہہ نسأ یار
امبار کرٕ کرٕ کڈان اتھ خأ لِیے — کأ لِیے تڑ اوُن چھوَے
کال یِیلہِ پڑ ژھمو کیاہ اَتھ ڈأ لی — خأ لی اتھ ونتہٕ یور کیاز آکھ
دیدارٕ چانیُک بس چھس سوأ لِیے — کأ لِیے تڑ اوُن چھوَے
موٗت منصور یِیلہِ کھوٗت عشقہٕ دارس — یار بِ دِوان وُنی سَرِ بازار
پوش تمٕی لوٗیِنس ہوش گأس وُبأ لِیے — کأ لِیے تڑ اوُن چھوَے
دَم نمرودٕ ن حیسہٕ ویسہٕ راوان — ہاوان لوٗکن کیاہ گوٗ کمال
ہوشہٕ ڈوٗل تہٕ تیر تمٕی آکاش کھأ لِیے — کأ لِیے تڑ اوُن چھوَے
رِندٕ گوٗ سے یُس سپر للہٕ ناوے — ہاوے یارتس گژھِ دیدار
طوقہِ دُنیاتس زانہہ ناگوٗھ نأ لِیے — کأ لِیے تڑ اوُن چھوَے
دِلکس کعبس سجدہ تیٚمی کوٗر — تمٕی ہا دور سوٗ ہم سوٗ
سوٗ ہم سوٗ زپہٕ کانہہ ناگوٗ خأ لِیے — کأ لِیے تڑ اوُن چھوَے
اَدٕ پوٗنی دُزِ یودلِہ کس ناگس — باغس پھولہٕ نےَ گُل تہٕ گلزار
آبشارن ہنز گُل دچھن جأ لِیے — کأ لِیے تڑ اوُن چھوَے
زأہد ونمتو دِلکس مندرس — سوندرس کرتو پوشہٕ پوٗزا
اوم چے مالہٕ کرتس تڑ اونأ لِیے — کأ لِیے تڑ اوُن چھوَے

# مدن وارس کُن

گوٗ کوٗر تھَس بدنام — مدنو شہر تےَ گام
پامہٕ ہاپھُم دِوان عام — مدنو شہر تےَ گام
بال ہابہٕ دژ الیس کژانے — پیہِ میہٕ اوس کرٕ مہٕ لانے
ڈبکہٕ دادِ سون گوم تژام — مدنو شہر تےَ گام
دود ہاپھُم سینس — واتےَ گرٕ مدٕ پئنس
بلہٕ دود بنہٕ آرام — مدنو شہر تےَ گام
گنگہٕ بلہٕ ڈٔنی دمہٕ یو — گنگہٕ وانہٕ پادچھلہٕ یو
تمہِ شایہِ دہوٗ گژھکھ رام — مدنو شہر تےَ گام
چانہِ ویرٕ دژ الیس بال — کتھ وَنس ییتھم ژ ہال
منژ وَنن لوٗ گیو آرام — مدنو شہر تےَ گام
کیاہ زِ کرہ تھس نیم جان — کائی ماڈولن ارمان
کینٛہہ تہِ ما ارمان دژام — مدنو شہر تےَ گام
بزم دِتھ ویسہٕ رأو تھَس — کأنسہِ لایق نہٕ تھأو تھَس
زاہدس تہِ نیوٗتھ آرام — مدنو شہر تےَ گام



آلو

# سوٗنتھ کال

یمبرزل پھوٚجسے بہار ہوآو — مارٕ مَتہٕ یارو دیدار ہاو
بیدار گژھتوٚ ملالےٚ تراو — مارٕ مَتہٕ یارو دیدار ہاو
کرُن ہیٚوٚت سازنوٚ بہارَن — وَنَن جنگلن تہٕ آبشارَن
دِوان پیغام چھُ سونتک واو — مارٕ مَتہٕ یارو دیدار ہاو
کرُن ہیوت بُلبُلو پرواز — پھولنہٕ لگ گُل وَزِنہٕ لوٚگ ساز
کنوٚ بوز پوشہٕ نوٚلہٕ سُند کراو — مارٕ مَتہٕ یارو دیدار ہاو
چھِ ہرسوسوز کنوٚ بوزان — چھِ کوٚستوٚ رلولہٕ سازوایان
ونان ہیٚوٚن گُلن ہُند ناو — مارٕ مَتہٕ یارو دیدار ہاو
رَنگا رَنگ کیاہ چھِ پھوٚلی متی گل — چھُ ماران شولہٕ کیاہ سوٗنبل
چھُ گس شُمار یمن کیاہ ناو — مارٕ مَتہٕ یارو دیدار ہاو
گُلابچ چھے حُکمرٲنی — گُلن منز باغ چھُ شوٗبٲنی
کمن گنٛڈی تھرِ نے کھورُن باو — مارٕ مَتہٕ یارو دیدار ہاو
پھیران زاہد چھُ بازٲری — گُلن ژھانڈان خریدٲری
پژ ژھاین ہَرگس یمن کیاہ باو — مارٕ مَتہٕ یارو دیدار ہاو

☆☆☆

# کائشُر روٗو

مَسکی بریوپیٔالہٕ لولو    پِتہٕ مولالوسالہٕ لولو
ہول چھِم رٹھتھ نالہٕ لولو    پِتہٕ مولالوسالہٕ لولو
یِکھنا شامن منہِ چھِم کامن    جامن تہٕ جرِیولالہٕ لولو
مسکی بریو پیالہ لولو    پِتہٕ مولالوسالہٕ لولو
گُچھِ کُٹھِ تھاوَنے پوش وتھہراوے    بُری بُری مسکی پیٔالہٕ لولو
پوش چھَس ژاران مدَنس پژاران    ویرِ چانہِ گَرِ مےٚ مالہٕ لولو
مسکی بریو پیالہ لولو    پِتہٕ مولالوسالہٕ لولو
کس ہیکہِ بأوِتھ سینہٕ مژ رأوِتھ    ژیےٚ روٚس دِلہٕ گُے حالہٕ لولو
گمہِ نشہِ روٗدُکھ کمہِ ورغہٕ لوٗدُکھ    نِیتھم ہرِ ننہِ ژھالہٕ لولو
مسکی بریو پیالہ لولو    پِتہٕ مولالوسالہٕ لولو
ساتھاہ روزتم دِلہٕ زار بوزتم    دِلہٕ ہے گیمٕ پرِ گالہٕ لولو
یاوُن سوریوٚم ہی پان برِ گوم    زردی ہَرِ دِنہِ کالہٕ لولو
مسکی بریو پیالہ لولو    پِتہٕ مولالوسالہٕ لولو
زأہد تہٕ پژاران یارس گاران    پژأری پژأری گوم یُژ کالہٕ لولو
مسکی برِیوپیٔالہٕ لولو    پِتہٕ مولالوسالہٕ لولو



# یاوُنک بوش

جوش آم یاوِنس ژھارن موٚ تےٚ | روٗشِتھ کوٚتےٚ گوم
مَدنو حُسنک بوش کیٛاز کھوٚتےٚ | روٗشِتھ کوٚتےٚ گوم
ژھاریوٚم مَندرَن بیٛیہ اَستانَن | باغہ بوستانن کرِ کیٛاہ بہ
ووٚتھے پاتال کِنہِ اَسمان کھوٚتےٚ | روٗشِتھ کوٚتےٚ گوم
ژھاریوٚم دیشن بیٛیہ پزٕتھ نگرس | دِگرس کوٚر نَم شام
شامہٕ ژھایہِ ژھایَن گَریوٚم نالہٕ موٚ تے | روٗشِتھ کوٚتےٚ گوم
پوٚت زوٗنہٕ دزٕ ایَس وَتہٕ گاران | ژھاران سہٕ مدن وار
دَرہ گییہ زوٗن تے گاش گوم سوٚتےٚ | روٗشِتھ کوٚتےٚ گوم
عشقہِ تَب چھوٗئی حیہٕ ویسہٕ راوان | تھاوان گَری تھِئ سینہٕ بریان
ہنہٕ ہنہِ پانس گوٚمت سوٚتےٚ | روٗشِتھ کوٚتےٚ گوم
آرِ دِلہِ رنگ گوم کتھ ہی بَدنَس | وَدنَس چھُم دِوان پترینہِ پام
بنہِ یَس تس ونتہٕ راہ کیٛاہ کھوٚتےٚ | روٗشِتھ کوٚتےٚ گوم
در دِل داغ گوم یتھ گلالہٕ پانَس | تَس جانانس ونہِ کَس زار
ونہٕ ہے زاہِد سے گوٚمت موٚ تےٚ | روٗشِتھ کوٚتےٚ گوم



# پاک عاشق

نازنینی آیکھے اَز پٔرستان　　یاژ شیٖر ہن نَتہٕ ما لٲل مرِ جان

روخسار چون عاشقن چھُ تنبہٕ لاوان　　یاژ شیٖر ہن نَتہٕ مالٲل مرِ جان

مجنوٗنن وٕنی دِتی نجدٕ وَنہٕ نٔیِ　　لٲلہٕ ہُنٛد حال گوٚ پژٕ ژھان گُلی پنہٕ نٔیَ

پاک عاشق نتہٕ تتہِ گواَتھٕ موٗ ران　　یاژ شیٖر ہن نَتہٕ مالٲل مرِ جان

وَعدٕ عشقُن پوٗر کوٚر فر ہادَن　　کیٛاہ سو شیٖر ہن کن تھاوِنا نادن

گوہ أندرَ ے جوٗیہِ کیٛاہ آب نیران　　یاژ شیٖر ہن نَتہٕ مالٲل مرِ جان

نأرِ گرایس اوَن ییٚلہِ عشقن کوس　　ونتہٕ ہی مال اَسہِ دوٗن وعدٕ کیٛاہ اوس

گوسوٗ پاتٲل آفتابہٕ گاہ ترٛاوان　　یاژ شیٖر ہن نَتہٕ مالٲل مرِ جان

عشقہٕ بموٗرٕ وایان سوٗزٕ چ تار　　مُشکہٕ یمبٔرزلہِ ونان ساتھاہ پژار

رشکہٕ میٛانےٕ ونتہٕ کیٛازِ چھکھ ژٕ دُوٗران　　یاژ شیٖر ہن نَتہٕ مالٲل مرِ جان

پوٗنٛپرِ ی پان ییٚلہِ زول عشقہٕ نارَ ے　　لَس ہا شمع ہن کوٚرٕ مُت پارٕ پارَ ے

پان زوٗلُن تہٕ گواَدٕ دون یکسان　　یاژ شیٖر ہن نَتہٕ مالٲل مرِ جان

چانہِ حُسنگ شور ییٚلہِ پیوٚ جہانَس　　مٔژ زُلیخا ژایہِ ناہفتہٕ خانس

یوٗسفنہِ چاوٕ أس کیٛاہ پان پٲران　　یاژ شیٖر ہن نَتہٕ مالٲل مرِ جان

عشقہٕ دریاوٕ زٲہد تہِ پیرٕ گومُت　　سِیر للہٕ وان یارٕ ہے دوٗر پیوٚ مُت

رَچھ گٔری گٔری سینس مَنٛز تھاوان　　یاژ شیٖر ہن نَتہٕ مالٲل مرِ جان

# کأشُر رۄو

ٹوٹھ یاوُن کۄرتھم ضایہِ لولو ۔ بوزوِنیسی یے کرتہٕ میٛون پایہِ لولو
وبہٕ راونس اَمہِ چانہِ مایہِ لولو ۔ بوزوِنیسی یے کرتہٕ میٛون پایہِ لولو
مس کھاسنے منٛز چھوٚئی بٲری بٲری جام ۔ تشنہٕ تمٕکے گومُت خاص تےٚ عام
بأ گراوموے یتُھ نہٕ گژھِ ضایہِ لولو ۔ بوزوِنیسی یے کرتہٕ میٛون پایہِ لولو
تیز خنٛجر چون آم منٛز سینس ۔ کتراٗونس تژاٗونس بَرزمینس
داواہ گیر چھس بہٕ تَمہِ شایہِ لولو ۔ بوزوِنیسی یے کرتہٕ میٛون پایہِ لولو
مارِ خوفتےٚ ییٚلہِ چھکھ یلہٕ تژاوان ۔ مِسکیٖن کیاز چھکھ بُچھ ناوان
تَم چھِ نیران گرِ کمہٕ رایہِ لولو ۔ بوزوِنیسی یے کرتہٕ میٛون پایہِ لولو
دَند چأنی قندٕ پھٲلی زن شوٗبان ۔ چانہٕ اَسہٕ نےٚ جایہِ جایہِ موٗختہٕ ہَران
سوٗختہٕ کۄرٕنم زلفچہٕ گژایہِ لولو ۔ بوزوِنیسی یے کرتہٕ میٛون پایہِ لولو
گنہٕ دوٗرن دژا یکھے گژایہِ ماران ۔ خاسہٕ کمخاب سینس ٹھرِ تھاوان
کرتہٕ زاٗہدن تہِ اَمہِ کےٚ سایہِ لولو ۔ بوزوِنیسی یے کرتہٕ میٛون پایہِ لولو



# کامہٕ دِیو مَدنو

کامہٕ دیو مدنو پایَس پیکھنا — یِکھنا وندِ یو پادَن سَر
آش چھم چأنی دٕرشُن دِکھنا — یِکھنا وندِ یو پادَن سَر
ژھاران لوٗسُس کوہَن تہٕ وَنہٕ نی — کَعَن گوٚے نامیٚو نۓ
ییتہٕ چون آسَن مےٚ تہٕ توٗ ری نِکھنا — یِکھنا وندِ یو پادَن سَر
روٗشِتھ گوہم کَتھ سنا شایے — آیے چھس پَران چانۓ
میانین نادن کن ژٕ ے دِکھنا — یِکھنا وندِ یو پادَن سَر
ضایہ بہٕ گرتھس ہا مدن وارے — پژارے کوتاہ کال
کرٕ کیاہ پژأری پژأری سنگدِل ژٕ چھکھنا — یِکھنا وندِ یو پادَن سَر
نامہٕ چھس لیکھان تس مدن وارَس — پژارس عشقے مُقام
واوو ژٕ پأغام یارس نِکھنا — یِکھنا وندِ یو پادَن سَر
سر راہ تژ اُ وتھس دود چھم جگرس — دِگرس کوٚ رتھم شام
زأہدس ژٕ وصلچ شربتھ دِکھنا — یِکھنا وندِ یو پادَن سَبر



# مَنز شالہِ مارَس

جوش آم یاوِنَس کوٗت کال پڑارس | مَنز شالہِ مارَس دِیہِ دَرشُن
نِیہ گُس پأ غام تس مدنوارس | مَنز شالہِ مارَس دِیہِ دَرشُن
وَیسہِ یے رنگہِ رنگہِ گُل کیاہ پھوٗلی متی | ؤلی متی پان کیاہ پوشہِ تھرِ نے
تھرِ گیہِ سَرخم تَس نو بہارَس | مَنز شالہِ مارَس دِیہِ دَرشُن
رَنگہِ ژٕ رکستوٗ ررنگہِ رنگہِ بولان | پوشہِ نوٗل تولان تھرَ نے پان
تھرِ پیٹھ نظرے چھی تس یارس | مَنز شالہِ مارَس دِیہِ دَرشُن
وتھرُن جایہِ جایہِ کوٚر سبزارَن | تَس نو بہارَن کوٚر ریہِ فرَمان
مأری فت بأ گرُن ووٚنُن آبشارس | مَنز شالہِ مارَس دِیہِ دَرشُن
جایہِ جایہِ عطرِ ہُند مُشک گو جأری | یأری بخشنَس قو درَہنی
زلفُن تہِ مُلی زیس ووٚ ننے عطارس | مَنز شالہِ مارَس دِیہِ دَرشُن
چھوٗی کیاہ بُلبُل اَزکران شأدی | مےٚ تہِ بوٗ زأ دی نو بَہار آو
مَسول یمبر زَل چھس اِنتظارس | مَنز شالہِ مارَس دِیہِ دَرشُن
چھوٗی گُلاب چمَن منز تابأنی | گُلن پیٹھ چھس حُکمرأنی یے
گٕنڈی چھس ازلے راہ کیاہ کھارَس | مَنز شالہِ مارَس دِیہِ دَرشُن
سُلہِ باغوان چمَن سنبلاوان | یمبرزلہِ بُری بُری تھاوان ٹوٗری
بونبرَن سازبوٗ زمنز گلزارس | مَنز شالہِ مارَس دِیہِ دَرشُن

زأہد و بوش کیاہ کھوُرتھ ژے گلِنے　　وَلہٖ نئ رزِ آو عشقہٕ پیچان
سنی ژوٗرِ ہندی پاُٹھی زَن لوٗ دُکھ دارس　　مَنز شالہٕ مارس دِیہٕ دَرشُن

جوش آم یاونس کوٗت کال پڑارس
مَنز شالہٕ مارس دِیہٕ دَرشُن



## نو بہارس پڑارُن

مالہٕ کرِ کوسمن یارِ ہنزے ویرے　　کرسنہٕ پھیرے چھاوِ اچھِ پوش
ہول چھم تمناہ بالہٕ کرسہہ نیرے　　کرسنہٕ پھیرے چھاوِ اچھِ پوش
ڈل کیاہ جایہٕ جایہٕ ژھٹہٕ چھوئی ماران　　پمپوش پڑاران نو بہارس
سونہٕ لأنک روپہٕ لأنک بڑوٗنٹھ تس نیرے　　کرسنہٕ پھیرے چھاوِ اچھِ پوش
گُلوار پھولُمت مَنز نِشاط باغَس　　لاگس یوسمن تہٕ بیہٕ سونبُل
آرِ وَل تہٕ ہی پوش لاگہٕ ہَس شیرے　　کرسنہٕ پھیرے چھاوِ اچھِ پوش
تھزرِ پیٹھ نظراہ تزأ و آبشارَن　　کیاہ چھے پھموارَن جوش آمُت
پیہہ ناباغوان چمَن شیرے　　کرسنہٕ پھیرے چھاوِ اچھِ پوش
سبزارس کیاہ مخمل چألی　　ڈألی یہٕ سوٗزمٕ قودرتنے
پیہہ نالالہٕ میوٗن چمَن پھیرے　　کرسنہٕ پھیرے چھاوِ اچھِ پوش

گُلزارتہٕ آبشار چھِیٚ انتظارس — تَس نوٗ بہارَس نادلایان
سالہٕ پتہٕ لالو کھستہٕ سانہٕ ہیرے — کرسنہٕ پھیرے چھاوِاچھِ پوش
زاۘیِد حالِ دِل ونان گُلزارس — ونتہٕ بالہٕ یارس ژ پرکیاہ زِگوٚ
حیلہٕ گرٕ زاگان زبرِ تےٚ زیرے — کرسنہٕ پھیرے چھاوِاچھِ پوش



## ہرُد

یاوُنس زردی پھیرم کاۘلی — باۘلی یاوُن روٗشتھ گوم
ہرِدنی زردی کرِکس حاۘلی — باۘلی یاوُن روٗشتھ گوم
کمہِ وتہٕ ہیٚرتھ گوٚمےٚ لوکچار — بالہٕ یار گری تھے باۘزیاہ گوم
پیٚیہ نہٕ تےٚ بہٕ تہٕ ماراوس کاۘلی — باۘلی یاوُن روٗشتھ گوم
یاوُن میٚون اوس تازٕ گُلزارس — مَنٛز شالہٕ مارس ماران ژھوٚہ
دوہ آم سوران یوہ گوم ناۘلی — باۘلی یاوُن روٗشتھ گوم
یاوُن میٚون اوس مَنٛز گُلی پنہٕ نےٚ — گنہٕ نےٚ یام گوس واتھ پھو
زردِی گری تھے تٕمی پتھر واۘلی — باۘلی یاوُن روٗشتھ گوم
یاوِنس لوٗکو آمبار گری تھے — سوٚری تھے تم اَسی گرِپنہٕ نےٚ
ارمان میٲنی کیا زِتموے زاۘلی — باۘلی یاوُن روٗشتھ گوم

یاؤن میٖون اوس بولہٕ وُن جانوار    گفُتار بند گوم جود کوٚ رنَم
واوِ ہرِ دِنہٕ لوٚ ہراُ وِ نم اُ لی    بأ لی یاوُن روٗ ٹھِشتھ گوم
یاؤن میٖون اوس مٔنز گُلِستانَن    باغہِ بوستانن ماران ژھوہ
دوہ آم ہَر دِنی برِ گیم چاُ لی    بأ لی یاوُن روٗ ٹھِشتھ گوم
یاؤن گومٕ اڈ وَتہٕ تژاُ وِتھ    سأوِتھ گومیٚ پیٹھ خاکس
وَنہِ کس زاَہد بنہِ گُس سواُ لی    بأ لی یاوُن روٗ ٹھِشتھ گوم



# چھیٚتی موے

دکہٕ زد پان میٖون کوٗت کال پژارے
چھوکہٕ لد دِل میٖون کمہِ وتہِ لارے
پان پأ رووُم یارٕ ہٕشژ ویرے
پژاُ ری پژاُ ری یارن گُرنَس تارے
گاش ہے سوریوم سور مٕ چشمن
ڈُپی توس کمہِ وتہِ نیرِ اُنی سارے
کتھ گلالہٕ رویس موے گیم چھیٚتی یے
تم ہَے اُسی پھوٚلی متی پیٚتی مے پیارے

تارے کوٚ رنٔمے یارن دِل
تارے کوٚ رنٔمے یارن دِل
کرسنا نیرے بالہِ تمناہ
تارے کوٚ رنٔمے یارن دِل
کم سنا دُشمن دا ایک پیئس
تارے کوٚ رنٔمے یارن دِل
پوشِ لوہٕتی یے برِ گری نَم
تارے کوٚ رنٔمے یارَن دِل

روبہٕ نازنٟین ینہٕ تھوٚنم ژۄرے
تنہٕ چھم مۄرے للہٕ وُن نار

ڈٟپ توس آمہٕ تاوکبتھ سَندارے
تارے کوٚرنٟمے یارن دِل

سَنگدِل یارَن دیوانہٕ کُرنَس
بیگانہٕ آسی تھٕیٔ بیگانہٕ دزاو

تنگ دِلسیٔ بارمیٔانٔی اَٹہٕ بارے
تارے کوٚرنٟمے یارن دِل

پرٕ وُنہٕ ناوےدَ کہٕ دِتھ گومۓ
پیومۓ بانَن گرٕ یکہٕ وِزِتوٚن

خۄن گوم جاُری اَشنے دارے
تارے کوٚرنٟمے یارن دِل

زاہِدوٚجورے دود چھوٚیٔ ژالُن
زالُن بُسرے نارَے پان

کاٗلی ییلہِ سۄرگوٚ ھِپتہٕ کیاہ لارے
تارے کوٚرنٟمے یارن دِل



# گدُرن اَکھ طوٗفان

گدُرن گسوٕ زانے
مارٕمَتہِ نُنٕدٕ بانے

ساتھاہ روزسانے
مارٕمَتہِ نُنٕدٕ بانے

گدُرن ہاچھٕ طوٗفان
دود کیاہ زانہِ غاُرزان

بَلہٕ یوبہِ نظرِ چانے
مارٕمَتہِ نُنٕدٕ بانے

دکہٕ دِتھ گومۓ بےعار
چھوکہٕ لدکرٕنس بہٕ خار

وچہِ نم شینہہ مانے
مارٕمَتہِ نُنٕدٕ بانے

آلو

گرٕ گرٕ چھس بہٕ پھیران
چھو کہٕ لد دگ بہٕ للہٕ وان

کڈنس پرٕ نہٕ چھانے
مارٕ متہٕ ننٛدٕ بانے

بمہٕ گشہٕ تیر ہے آم
رمہٕ رمہٕ بدنس ژام

کن برٕس سونہٕ میانے
مارٕ متہٕ ننٛدٕ بانے

آدٕ ہنکہٕ یارٕ میانے
پارٕ پارٕ جگرس گیم

لیس نہٕ گنڈھِ کیاہ ئہ زانے
مارٕ متہٕ ننٛدٕ بانے

چشمن خمار ژٕے چھوئی
مارٕ متہٕ کیاہ گیٕی دِے

جامہٕ رنگے اَشہٕ وانے
مارٕ متہٕ ننٛدٕ بانے

زاہدتہٕ دود للہٕ وان
بالہٕ یارس نادلایان

جود گارٕ ہا گوسانے
مارٕ متہٕ ننٛدٕ بانے

☆☆☆

## تنَے وو تُم سودائی

سوزن دِل نیوم حبس گوم ژھینے
تنَے وو تُم سودائی

لؤ کھ چھم گیلان کس کیاہ ونے
تنَے وو تُم سودائی

پھیر یوس ذرٕ ذرٕ بینہٕ طرفاتس
ذاتس گنہٕ نے نیب و نشان

نے اوس ہیرٕ تے نے گنہٕ بونے
تنَے وو تُم سودائی

نِشہِ بہٕ واژوس پیرٕ اُستائن — جۄگی مستائن باوِیوم سیر

دۆ پہَم گاش زال پنہٕ نے منَے — تتھَے ووتُم سودائی

یارن دۆ پنَم لے تھاو سازس — سازُک رازٕ چھوئی نِشہِ پانس

نتہٕ یۆ دپھیر کھشن طرٕ فنَے — تتھَے ووتُم سودائی

ہرشایہِ وُچھ مے سازٕ چ آواز — سازتہِ بوزان شاہِ یندراز

پُرٕ کی یہِ وَنہٕ وَنہِ دِژوم کنَے — تتھَے ووتُم سودائی

پُرٕ کی یَو سازکۄرپنہٕ نَس پانَس — شمع دانَس گتھ ماران

تمہِ شایہِ گتہٕ رینٕہ گیہ پنہٕ پنَے — تتھَے ووتُم سودائی

شمع زاجوم پتھ شمع وانَس — آنس ہووُنم گتہٕ منز گاش

پان زول پوشپری زِ وُنن نہٕ بنَے — تتھَے ووتُم سودائی

سوزُک سودا چھنہٕ بازارے — منجے تارے سازس چار

سوزادٕ زاہد وبوزتنہٕ منَے — تتھَے ووتُم سودائی



# مؤرِ نار

یَنہٕ ہے یارن دِل نیوٗم ژورُ ے    تنہٕ چھُم مؤ رے للہٕ وُ ن نار
نار چھُم جِگرس و دنی کنُتھٕ سورُ ے    تنہٕ چھُم مؤ رے للہٕ وُ ن نار
بۄ زُم گومُت سہ چھُ ڈل سائَلس    میلس گژھِ ما حضرت بل
ڈٔپ توس سائَلن چھا گژھان ژۄ رے    تنہٕ چھُم مؤ رے للہٕ وُ ن نار
کمہِ وَتہٕ سائَلس دژا وےٚ مۆ تنےٚ    والتس تو تے چھس لا چار
وُ نہٕ ہس راہ کیٛاہ لۆ دتھَم حورُ ے    تنہٕ چھُم مؤ رے للہٕ وُ ن نار
چھو کہٕ لد دِلسیٚ دکہ دِتھ گوٚ مےٚ    تَنہٕ نےٚ آمےٚ آ دنک یار
یُس یَس دارِ تےٚ سےٚ تس ہورُ ے    تنہٕ چھُم مؤ رے للہٕ وُ ن نار
لوٗٹھا کۆ رنم حُسنہٕ سرمایَس    پینہِ ناپالیس پژ ارس بال
زاہدٓ ویس نہٕ یتہِ تتہِ کیٛاہ پۄرُ ے    تنہٕ چھُم مؤ رے للہٕ وُ ن نار
سَرِ راہ تژ آونس وَدِ نا ژالے    بالے وٕنتم راہ کیٛاہ چھُم
سپرکس باوَے، سہ چھےٚ دۄ رے    تنہٕ چھُم مؤ رے للہٕ وُ ن نار



# مَرِٕ نیٚنٛدرے

ژٕ رِدِل ہے نیٛوم اَمہِ سوٛنٛدرے    مَرِٕ نیٚنٛدرے ساٲوَنس
ہوش مےٚ نیٛوٗنم باغہٕ گوندرے    مَرِٕ نیٚنٛدرے ساٲوَنس
مَس بہٕ اوُسس نیندرِ خابَس    گرِدٕ آبس کوٚ رنسے
جلوٕ ہووُنم خابہٕ اُنٛدرَرے    مَرِٕ نیٚنٛدرے ساٲوَنس
روےوُچھمَس گاہ تٕراوان    تتہِ آفتابہٕ منٛدٕ چھان
موےڈیٛشِتھ کُس نہٕ چھٔنٛدرے    مَرِٕ نیٚنٛدرے ساٲوَنس
روٗخ ووزٲلی زَن زٕے گُلاب    ڈیٛشِتھے گژھان بے تاب
حبہٕ ڈولہٕ نَس باغہٕ بوٚمبرے    مَرِٕ نیٚنٛدرے ساٲوَنس
حُسنہٕ ناوُچھم شاٹھ لجُمٕژ    گاٹھ لاگتم دِلبرو
یِرَہ آبےَ کُس نہٕ ہٕنٛدرے    مَرِٕ نیٚنٛدرے ساٲوَنس
زاہِد وِنیٚنٛدرٕ گژھ ہتہٕ بیدار    اَدٕ وُچھہَن دِل قرار
چھُس نِشانہٕ شوٗخ سیٚنٛدرے    مَرِٕ نیٚنٛدرے ساٲوَنس



# نارِ ژٕتیے

وِدناہ بدنس گیم نارِ ژٕتیے
لٔتیے پَنہٕ نُوئی دیدار ہاو

لولہٕ سان چھاوہے پوش لوٗہتی یے
لتیے پَنہٕ نُوئی دیدار ہاو

سالہٕ پتہٕ ساتھاہ رٹہٕ ہتھ نالَے
دُچھتہٕ کمہٕ حالے چھُس گرِفتار

کھسہہ دُن یاوُن گووےٚ ژٕتیے
لٔتیے پنہٕ نُوئی دیدار ہاو

دَند چاٲنۍ قندٕ پھٔلی وُٹھ ہَے ووزلی
قزلی چشمن سورمہٕ لاگہٕ ہے

روخ چون گلاب تَے جامہٕ ہے چھٔتیے
لٔتیے پنہٕ نُوئی دیدار ہاو

اتھ سُنبلی مستس شانہٕ کیاہ کرتھَی
گنہٕ دَورُن چھے چوٗنہٕ جُرِ تھے

چھِ ڈیکس پڑِ زلان نوٗرٕنی پھوٗتیے
لٔتیے پنہٕ نُوئی دیدار ہاو

مَس کھاٲسی چشمو چھکھے تمبلاوان
ہاوان کیاہ زِ چھکھ جودوگری

جودگووعاشقن بارمٹہٕ کھٔتیے
لٔتیے پنہٕ نُوئی دیدار ہاو

روخ چون گوٚ رمُت کُمی کاٗری گرِ یے
سازریٚنہٕ ساز کمہٕ گری یے

سور گہٕ منٛز کاٗریگر زَن کھٔتی مِتیے
لٔتیے پنہٕ نُوئی دیدار ہاو

تیرِ ہے لو تھم بُمہٕ کمانے
زانے سُے یَس بدنس ژاے

پارٕ پارٕ کوٚرنمے زن لوٗکہ ہتیے
لٔتیے پنہٕ نُوئی دیدار ہاو

ہاوس چھم مےٚ یکھنا ساتھاہ
دِکھنا راتھاہ بنہٕ گفتار

زاہِدَس تہٕ لول میلہٕ گروناہٕ مٔتیے
لٔتیے پنہٕ نُوئی دیدار ہاو

# مَدنَس زار

ژۆرِ دِل ہے نیۆم بیدردن تےَ    بأݪی وَ نتےَ مَدنَس زار
تن ہے زاُ جَنم بُسرِ نارن تےَ    بأݪی وَ نتےَ مَدنَس زار
کینہٕ کیاہ گوٚے آدٕ ہٕکہِ یارے    پارٕ پارٕ رے جگرس گیٔم
خانہٕ مول چھُم ہے منہٕ ناوننےَ    بأݪی وَ نتےَ مَدنَس زار
ویرِ تُمی ہٕسٔزے پان پأراوَے    شوقہٕ تُمی ہٕندے کھأسی برٕ ناوَے
لچھِ ناوہےَ گچھِ کُٹھِ تھاونتےَ    بأݪی وَ نتےَ مَدنَس زار
چھس بہٕ پژاران کمہِ تانٔی حالےَ    لالہٕ پیہٕ نارٹھن بہٕ نالےَ
مِلہٕ ناوِہَس تنہٕ ستیٚ تَن تےَ    بأݪی وَ نتےَ مَدنَس زار
حال باوِہَس سینہٕ مژٕ رأوتھ    راہ کیاہ چھُم گوہَم مےٚ ترٔ اٚوِتھ
کیا زِلاُ جھہتس لوٚکہٕ پامن تے    بأݪی وَ نتےَ مَدنَس زار
کمہِ سونہِ میانہِ پرَمس چوٗدکھ    جودُگر تھےَ کمہِ بڑوٚمہٕ روٗدکھ
کرجُدأیی کمہِ اسہِ دوٚن تےَ    بأݪی وَ نتےَ مَدنَس زار
ہاے پیموٚیمن مأنٛزِ نمہٕ نےَ    چأنی غمٕکیے مُژ رأونَس
لَشہِ نارٕ زَن چھُم دزان تَن تےَ    بأݪی وَ نتےَ مَدنَس زار
سرمہٕ چشموٚ خوٗن گوم جأری    پژأری پژأری گوم یَژ کال
گاش سوریوٚم دون چشمن تےَ    بأݪی وَ نتےَ مَدنَس زار

اَلِفہٕ قدٕ سے دال کیاز ِ کوٚرتھم    نال ووٚ لٔہم کالہٕ سَر پھو
چھس بہٕ لجمٕزٕ گل زالہٕ زن تےَ    بأڈِ وَنتےَ مَدنَس زار
نامہٕ زآہد تہِ لیکھان یارس    بالہٕ یارس خوٗنہٕ ستی
تِی کھٔلتھ گوٚم سینہٕ وَرقن تےَ    بأڈِ وَنتےَ مَدنَس زار



# کٔشیرِ ہٕندی گُلزار تہٕ آبشار

مَسول حالِ دِل وَنان گُلزارس    تَس وطن دارس شوٗبہِ شاباش
جاے تیٚمی کٔر گُلن منٛز سبزارس    تَس وطن دارس شوٗبہِ شاباش
وطنس اَمی ہٕندِس رنگہٕ رنگہٕ گُلزار    سائلہِ ڈل تے نشاط بیٚیہِ شالہٕ مار
میلہٕ کیٛاہ چھوٚی لگان اتھ نشاط تارس    تَس وطن دارس شوٗبہِ شاباش
سُلہِ نیرِ واتکھ بادام وارے    تتہٕ اَچھِ دارے شولہٕ ماران
لولہٕ کیٛاہ ونہٕ وان چھےٚ نو بہارس    تَس وطن دارس شوٗبہِ شاباش
حضرت بل وات نشہِ نسیم باغس    ڈیٚڈ تل آغس گٔری زِسرخم
اَدٕ وُچھکھ پمپوش بوٗنہٕ شیٚچارس    تَس وطن دارس شوٗبہِ شاباش
کوٗنگ پوش سون کیٛاہ پھوٚلرو وقتن    بکھتن پھٕرنو وُگلِ عالَمس

خلوَق جایہِ ہِتھ پوٗتر زارس    تَس وطن دارس شۄبہِ شاباش
تتہِ کارتکسیٔ کوٗنگ پوٗش شولان    مان مأنی بولان دِدرِ تےَ جَل
زۄنہِ کیاہ چھۄنہِ جَرِ پنہِ نِس یارس    تَس وطن دارس شۄبہِ شاباش
اَدِ گوٗڈہِ سبزارُ چھِ تہِ ناگہِ رادَن    جوگین تہِ سادَن تتہِ چھوٗی قرار
اننت ناگہِ ناگہِ بلہِ تَن ناویارس    تَس وطن دارس شۄبہِ شاباش
اَدِ ییلہِ واتکھ اچھول باغس    ماگس وُچھ ہن موٗت یاوُن
تتہِ گرپأری زان ستی دِیودارس    تَس وطن دارس شۄبہِ شاباش
تتہِ تورسأ لاہ کرتوونہِ نئ    گنہِ نئ تتہِ گژھی کُوکلہِ گۄ گۄ
بول بوش تتہِ بوز عقلہِ گاٹہِ جارس    تَس وطن دارس شۄبہِ شاباش
وارِ وُچھ آرِ کیاہ تھہہِ پان ماران    مارمتہِ کھاران آرِ پلہِ نئ
شرِ وٗنی داررونہِ زَن وزان منز آرس    تَس وطن دارس شۄبہِ شاباش
ترن ہُند مِلوٗار منز کوٗگرناگس    لاگس ہیُند سِکھ بیہِ مُسلمان
زان کردھیان تھوآبہِ مِلوٗارس    تَس وطن دارس شۄبہِ شاباش
ناگہِ بل یوٚ دوَے وُچھکھ دیذ مانےِ    ہِگلہِ تتہِ بولان مان مانی
دِل چھِ بہلاوان دُشمنس تہِ یارس    تَس وطن دارس شۄبہِ شاباش
ووٗنی پھیرہنہِ ہنہِ اتھ پہل گامس    خاصس تہِ عامس تتہِ مِلوار
دَن ہارِونہِ وان شرٗ اونس تہِ ہارس    تَس وطن دارس شۄبہِ شاباش
یارِ تتہِ پاسبان پٹھ سنگر مالن    لالن چھےَ کران واوِ جہِ واو

دِل چھِ بہلاوان دِل بیمارس تَس وطن دارس شوٗبہِ شاباش

پیٹھ سنگر مالَن لالہٕ زار پھوٗلمُت واتہِ کربالہٕ یار چھاوِاَچھِ پوش

پوش یینِیلہِ جوشہٕ آیہِ ہوش ڈوٗل عطارس تَس وطن دارس شوٗبہِ شاباش

رأیلِس تابیٚج دِپو دار تہٕ چھی وہِو ہار شیرَن تہٕ شالَن ہُنٛد

مَن دِتھ کَن تھاو طوطہٕ گفتارس تَس وطن دارس شوٗبہِ شاباش .

ناگہٕ بَلہٕ مثنٛس وُچھتھ ژاکہٕ وارے گرٛٹہٕ اَنوارے توٗت چھِ واتان

بٹہٕ تہٕ یکہٕ وُٹہٕ لگِتھ وہِو ہارس تَس وطن دارس شوٗبہِ شاباش

تَن مَن نأوِتھ گوٚڈہِ امرناتھس ساتھ زان غنیمت بنہِ درشُن

تہٕ لوٗ گمُت قرار بسماہ دارس تَس وطن دارس شوٗبہِ شاباش

مہجوٗر ذرٕ ذرٕ پھیوٗر کوہسارَن جنگلَن نارَن تہٕ آبشارَن

تہٕ کیاہ باقے میأنِس گفتارس تَس وطن دارس شوٗبہِ شاباش

عالم دیوانہٕ کوٗ ریٚشمہِ شایے مایے وَلنہٕ آو گُلِ عالم

زأہدَن تہِ لول بوٗ رپنہٕ نِس شہارس تَس وطن دارس شوٗبہِ شاباش



# اوٚ گنڈیار

غفلت تٕر اوتوٚ مو لاگ اوٚ نیے — تتہِ نوبوٚ نیے ہیَو نٔد مُسلمان
اوَ لےتورٕ آو آدم کُنیے — تتہِ نوبوٚ نیے ہیَو نٔد مُسلمان
ہَر رنگہٕ ہے منٛز بے رنگ زانُن — دُنیا مانُن یُن تےَ گژھُن
شُری بأ ژأ ستھ نیرُن کُنیے — تتہِ نوبوٚ نیے ہیَو نٔد مُسلمان
مَندر مسجد بیئہ بُتخانےَ — سورُے بہانےَ تی پَرزٕ ناو
ہُتہِ کُس تہٕ یتہِ کُس وارٕ دُیوٚ دوٚ نیے — تتہِ نوبوٚ نیے ہیَو نٔد مُسلمان
ہَر شایہ تٕمٕ سُند نوٗر چھوٗ یکسان — پانوتِی زان بَین کتہِ آو
اَکہِ وتہِ سارِنے یُن تہٕ گژھنیے — تتہِ نوبوٚ نیے ہیَو نٔد مُسلمان
اَکہِ آبہٕ سارِنے غوطہٕ کرٕناوان — شبنمی ساوان خاباہ گُنٔے
صُبحُک پرٕ کاش راتُک اوٚ نیے — تتہِ نوبوٚ نیے ہیَو نٔد مُسلمان
ذرٕ ذرٕ صُبحک پَرتو تٕر اوان — بأ گراوان گھرہ گھرہ چھوٗ ئی یکسان
بازٕرکانٛسہِ نسأ دیارن ہنیوٚ نیے — تتہِ نوبوٚ نیے ہیَو نٔد مُسلمان
رام تے رحیم ژٕئی یکسان زانُن — تی گوَ مانُن مذہب تہٕ دیٖن
لچھِ ناوِس اکہِ ناوٕ دیُو دوٚ نیے — تتہِ نوبوٚ نیے ہیَو نٔد مُسلمان
رفتار کُنیے گفتار کُنیے — کارٕ بار بیئہ وہٕوار کُنیے
گیانہٕ چےٚ تٕر کرے موتول چھوٚ نیے — تتہِ نوبوٚ نیے ہیَو نٔد مُسلمان

دِئی تژ او زآہِد ولۍ تھاو یکسان — لیہِ ستی دَ ے اِد بنہِ میٚہر بان

تی گوٚ معرفت گلہِ گلہِ چوٚنیے — تتہِ نو بوٚ نیے ہیوٚ نٛد مُسلمان



## شہید

آیہِ برسر تاجدآری — ہا شہید وچانہِ ستی

سَپدی خوشحال لوٗکھ سآری — ہا شہید وچانہِ ستی

سَپدی سعرآب خوٗنہِ چانے — آسمان تے بیٚیہ زمین

تژ اس کھیوناکوہسارو — ہا شہید وچانہِ ستی

اَندمژ ارس جاے رٹیتھی — پاے سونے کُرِتھ ژ گوکھ

مُفلسی ہندی جامہِ گیہِ چاک — ہا شہید وچانہِ ستی

آفتاب بن تژ آو پرَتو — جایہِ جایے گاش پھو

بُلبُلو ہیوٚت ساز وایُن — ہا شہید وچانہِ ستی

گوکھ جِگرس داغ تھاوِتھ — مَنہِ نآوتھ کُس اَنی

عآش وعشرت گومیےٚ مَیئسر — ہا شہید وچانہِ ستی

گوٚ ے ژےٚ حاصِل باغِ جنت — چانی مِنت عالمس

دژ ایہِ بازرلوٗکھ سآری — ہا شہید وچانہِ ستی

یاوٕنکی دوہ آیہِ برجوش — شر اوٕنس منٛز میون پان

اَز چھُ زآہِد شادومسُرور — ہا شہید وچانہِ ستی

# میخانہٕ

تیر لایان ژۏ رِہ کیاہ جانانہٕ میوٚن — مایہِ رٕسی تیوٚ ضایہِ گوٚ میخانہٕ چوٚن
شیشہِ دِلہٕ ہے پارٕ کرٕ تھم کرمیہ زوٚن — مایہِ رٕسی تیوٚ ضایہِ گوٚ میخانہٕ چوٚن
دوٗرٕ دوٗرٕ ے تیرِ باران چھم کران — ژۏ رِ ژۏرے حوٗرٕ لایِن کرچھُ جان
مان ژٕ آخر زان ژٕ چھکھ ہمخانہٕ میوٚن — مایہِ رٕسی تیوٚ ضایہِ گوٚ میخانہٕ چوٚن
راے اٚسہ ماے چھےٚ میانی دِلبرو — نیاے تھاوِتھ ضایہِ کرٕتھس کس ونو
پارٕ پارٕ ے اَزکران اِنکار چوٚن — مایہِ رٕسی تیوٚ ضایہِ گوٚ میخانہٕ چوٚن
شوقہٕ چانے مےٚ بریومےٚ پۆرٕ پوٗر — تیرٕ چانے گوٚمےٚ شیشن چوٗرٕ چوٗر
ضایہِ گوٚمےٚ چھم توٚ ے میہ زۏنہِ گرٕ وٚن — مایہِ رٕسی تیوٚ ضایہِ گوٚ میخانہٕ چوٚن
کارِ مرداٚ بےوفاٚیی زن وفا — زانہہ نساٚ عاشق چھُ دژ امُت باوَفا
چھےٚ ژٕ ے دردِل بےوفاٚیی کرمےٚ زوٚن — مایہِ رٕسی تیوٚ ضایہِ گوٚ میخانہٕ چوٚن
تیر وتَرکش ہتھ شِکاٚ ریاہ چھس خُمار — روٗسی کچھ کیاہ تیر لایان چھس نہٕ عار
کمٕ ژٕ ے حلال تھومُت چھوٚئی مازمیوٚن — مایہِ رٕسی تیوٚ ضایہِ گوٚ میخانہٕ چوٚن
بانہٕ شیرنہِ وانہٕ کمیوٚ دیِن دِلبرو — پارٕ پارٕ ے تھ ہاکرٕ تھم کنتھ زرو
اُلفتک سودا اسیٚتھاہ دژ ۏگ پیومےٚ چوٚن — مایہِ رٕسی تیوٚ ضایہِ گوٚ میخانہٕ چوٚن
خام بہٕ دژ ایس پامہٕ دِژ ہم کس دَنےٚ — خونہٕ ستی نامہٕ لیکھان چھس توٚ ے
سوزٕ زاٚہد اَخبارٕ نےٕ افسانہٕ چوٚن — مایہِ رٕسی تیوٚ ضایہِ گوٚ میخانہٕ چوٚن

# دٔریتہٕ گرٛاو

مدنو دۄریر چھس نہٕ ژالأنی
چھم میہٚر بأنی ساتھاہ روز

لولہٕ نار أندری چھس بہٕ للہٕ وأنی
چھم میہٚر بأنی ساتھاہ روز

اَسہِ دون کیاہ اوس عہدٕ پیمانے
تہٕ کس زانۍ ؤنتھ بو

لیس ونہٕ سوٗیٔ چھم پامہٕ دِوأنی
چھم میہٚر بأنی ساتھاہ روز

بال چھس تر اوان اڈش ژٔرِژٔرے
حوٗرے سوریوٗم چشمن گاش

کاش گیم جگرس چھس بہٕ نالأنی
چھم میہٚر بأنی ساتھاہ روز

یاونس پھٔلیاہ أسم لجمٕو
پھوٗ جمٕو أسس ہی تھٔر زن

واو ہردنہٕ زن لجمو چھأنی
چھم میہٚر بأنی ساتھاہ روز

أمی بے عارن گرنس ضایے
مایہ ؤجنس چھس لاچار

دون چشمن رۄزس نہٕ پأری زأنی
چھم میہٚر بأنی ساتھاہ روز

شوقہٕ چانہِ بال چھس پان پأرأنی
چأنی درٛے ہا چھم چانہِ باپتھ

یکھ نتَے بالہِ اِد چھم پشیمأنی
چھم میہٚر بأنی ساتھاہ روز

سالہٕ پتہ رنگہٕ کٔتھ پرنگ بہٕ وتھراوے
بٔری بٔری تھاوے کھاسبن کِھر

لالہٕ پیہِ سالہٕ تےَ چھس بہٕ توشأنی
چھم میہٚر بأنی ساتھاہ روز

رنگہٕ رنگہٕ نیامژ پیشکش تھاوَے
لرِ پان ساوے تہٕ باوے سیر

گیر چھسیا گرمژ دۄرِرن چأنی
چھم میہٚر بأنی ساتھاہ روز

بزم دِتھ نیوٗ کھو کمہِ سونہِ میٲنے ‏ پان میوٗن زانے دوٗر بر چون
تنہٕ بالہِ ووتُم اَتھہٕ موٗ رٲنی ‏ چھُم میہر بٲنی ساتھاہ روز
دِلہٕ زار بوز تو دِلدارِ میٲنے ‏ کرمےٚ لانئے وِتھس بال
زالہٕ لوٗگ زٲہِد تہٕ چھنہٕ موکلٲنی ‏ چھُم میہر بٲنی ساتھاہ روز

☆☆☆

# جُدٲیی

اَتھی دِ پان چھاچُھنی خودٲیی ‏ دون جُدٲیی چھکھ کران
عاشقو کر جان فِدٲیی ‏ دون جُدٲیی چھکھ کران
لعلہٕ دادے مجنوٗنن ‏ جاے رٹنے نجدٕ وَن
کیٚاز کرنو وتھَن گدٲیی ‏ دون جُدٲیی چھکھ کران
یارٕ دادے فرہادے ‏ وعدٕ ہے پیٹھ گوٚ فناہ
شیرینہِ پتھ سر فِدٲیی ‏ دون جُدٲیی چھکھ کران
ہی مالیے تالیس وَر ‏ نٲ گرالیس آوٕ کوس
ذات ہاوَن چھس مُدٲیی ‏ دون جُدٲیی چھکھ کران
مُژ زلیخاہ عشقہٕ واوے ‏ داوٕ لٲجمو یوسفن
گیہِ پوتلخانس فنٲیی ‏ دون جُدٲیی چھکھ کران
چھےٚ یمبرزل سونتہٕ پھوٚجمژ ‏ مایہِ وٕجمژ بومبرنے

| | |
|---|---|
| بڑ گنڈھِتھ ییُن چھاوفاآیی | دون جُد آیی چھُکھ |
| کیٛاہ عجب رنگ چاآنٛز خوداآیی | دون جُد آیی چون کار |
| وٗنیٚ زاآہدن دِل صفاآیی | دون جُد آیی چھکھ کران |
| اٗتھی دَپان چھاچاآنٛز خوداآیی | دون جُد آیی چھکھ کران |

☆☆☆

## بُلغار

لولہٕ چھو کھیس آوِ جگرس بُلہگارتس کیٛاہ کرے

آدِ نے یس ترٛاوِ بالہٕ یارنو بہارتس کیٛاہ کرے " " "

مذکور لولہٕ چھو کھیس آوِ جگرس بُلگارتس کیٛاہ کرے

آسہِ یوٚ دوَے باغ پھوٚلُمت داغہٕ دِلسی ہاوِ کیٛاہ

داغ پانس تس گُلالس گلزارتس کیٛاہ کرے " " "

مذکور لولہٕ چھو کھیس آوِ جگرس بُلگارتس کیٛاہ کرے

عشقہٕ مَنقلہِ نارگوٚنڈنَم یارِ دادے چھس دَزان

یَس ہاسوٗ رگنڈھِ لولہٕ نارَ ے آبشارتس کیٛاہ کرے " " "

مذکور لولہٕ چھو کھیس آوِ جگرس بُلگارتس کیٛاہ کرے

ہرِ داون زرد گنڈھی گنڈھی پوش یاوِ ہٕکی واآلی نَم

یس ہانارگنڈِ سبزارس آبشارتس کیٛاہ کرے " " "

مذ گور لولہٕ چھو کھیس آءِ جگرس ہُلگارتس کیٚاہ کرے

موےٚ چھیٚنتھ گام جامہٕ قزٕ اُلی روخ ووزاُلی کتھ بکار

دَکہٕ دِتھ یس گوٚ ھ بالہٕ یارلو کچارتس کیٚاہ کرے " " "

مذ گور لولہٕ چھو کھیس آءِ جگرس ہُلگارتس کیٚاہ کرے

جانوار چھس زالہٕ لجِھِتھ حالہٕ کمہٕ تام دِلبرو

موکلاوبم نےٚ سہٕ بالہٕ یار گفتارتس کیٚاہ کرے " " "

مذ گور لولہٕ چھو کھیس آءِ جگرس ہُلگارتس کیٚاہ کرے

عشقہٕ تب چھم ہوٚ رِبدنس ژوٚ رِژوٚ رے چھس وَدان

واتہِ نےٚ دأدِس طبیباہ تیمارتس کیٚاہ کرے " " "

مذ گور لولہٕ چھو کھیس آءِ جگرس ہُلگارتس کیٚاہ کرے

جود ہے کوٚ رُم جود گارن دودللہٕ وان چھس توٚ ے

جودگأری کارٕ سُند اشکہٕ بارتس کیٚاہ کرے " " "

مذ گور لولہٕ چھو کھیس آءِ جگرس ہُلگارتس کیٚاہ کرے

یَس نہٕ آسی منزل رہبر بے خبر سے کوٚت پکان

گاٹہٕ لبن ہُند سیرِ اسرار رفتارتس کیٚاہ کرے " " "

مذ گور لولہٕ چھو کھیس آءِ جگرس ہُلگارتس کیٚاہ کرے

چھےٚ نہٕ زأہدس پاٹھ پوٗ زاروزہ کرِمژٕ قزٕح

یَس نہٕ حاصِل وقت سحرِ ے افتِعارتس کیٚاہ کرے " " "

مذکور    لولہٕ چھوکھ یس آۂ جگرس ہُلگارتس کیٛاہ کرے



# اُمرجنسی

وَلے گرٕ واجینؠ وَنےٚ اَسرار    امرجنسی بہٕ کوٚرٕنَس خار
کران اوسُس پَٹُن ویوٗہار    امرجنسی بہٕ کوٚرٕنَس خار
غلُس اوسُس بناوان ڈیر    بہٕ شن روپین کنٕان اڈٕ سیر
دوٚیُم خَلقو ژٕ چھکھ غلہٕ دار    امرجنسی بہٕ کوٚرٕنَس خار
بہٕ ترامس چھس بناوان سون    کنٕان اوسُس سوٗئی غرٕپَین
رٕٹھ نیوٗہس بہٕ سرِ بازار،    امرجنسی بہٕ کوٚرٕنَس خار
بران شیشَن گنڈٕن ہُنٛد آب    وۄزُل رنگ دِتھ بنان شراب
کۄنُن تراوان سوٗئی لال بازار    امرجنسی بہٕ کوٚرٕنَس خار
مےٚ چرٕسس ستۍ اوسُم کھوے    کھسان جہازن بہٕ پےٚ درپےٚ
گژھان بمبئی کران کارٕ بار    امرجنسی بہٕ کوٚرٕنَس خار
ہۄنتھ لیڈر بہٕ لوٗکن منٛز    فسادن ہُنٛد کران چھس سنٛز
وَنے کیٛاہ لوٗکھ گیہٕ خبردار    امرجنسی بہٕ کوٚرٕنَس خار
میٚہ ہوٹل وألی کران اَسی بھاو    محلہٕ خانس شہنشاہ ژاو
کوکردَنہِ ہیتھ کران زارٕ پار    امرجنسی بہٕ کوٚرٕنَس خار

آلو

بہ یارن ستۍ کبابے نوش
کھوان أليس أسۍ مکھن تے ٹوس

کۄتۍ گیم تم کھسنہٕ چنہٕ یار
امرجنسی بہٕ کوٚرنَس خار

پولیس تھانہٕ دار تلاشی آو
یہ سون روپھ چھُے کھٔنٛتھ تِ تھاو

ژبوز مختصر یہے چھم لار
امرجنسی بہٕ کوٚرنَس خار

ہندوستانُک تہِ کانٛہہ دفتر
مےٚ کھوژان أسۍ بٔڈۍ افسر

تمن نے رُو دمیون ایتبار
امرجنسی بہٕ کوٚرنَس خار

مےٚ شاہ ناوَس گداہَے گوم
بہارس منٛز میٚہ ڈوٚٹھا پیوٚم

چھُ کُس وُنی کین سون غمخار
امرجنسی بہٕ کوٚرنَس خار

ونان زأہد شہر تے گام
امرجنسی ہُندوئی پیغام

یہِ سأنی ضأمین چھُ کس اِنکار
امرجنسی بہٕ کوٚرنَس خار

☆☆☆

## بُجر

آم لو کچار سورأنی
چھم پشیمأنی توَے

زانٛہہ نا بندٕ گی کرمیٚہ جأنی
چھم پشیمأنی توَے

ژھوہہ ماریوم لو کچارس
نوٚ بہارس پوٚرِپوٗر

دوہ بجرِک کرمیٚہ زانی
چھم پشیمأنی توَے

ییلہِ یاوُن گوم نیرِ تھ
فیرِ تھ گوم سمسار

## آلو

اَدٕ وٕیٕو ہار کاُنسہ نہٕ ثاُنی — چھِم پشیماُنی تَوے
دھنہٕ دیارن کٔری میٚے امبار — کھنہٕ چھنہٕ یار کاُیتاہ
آیہٕ امبار سوراُنی — چھِم پشیماُنی تَوے
بُجرس منٛز دِکہٕ لوٗگہٕ مو — چھوکہٕ لدگو پان میٚون
دانہٕ رٔوٕز کھنہٕ پاُری زاُنی — چھِم پشیماُنی تَوے
نٕرزنگہٕ ییلہٕ گییہٕ بیکار — لوکچار ادہ یاد پیٚوٗم
کاُیُر نار سوراُنی — چھِم پشیماُنی تَوے
وُچھ ییہٕ سمسار کٔنڈی تےَ خار — زاُ وِچار میٚون کتھ بکار
زدہ کٔری کٔری نیراُنی — چھِم پشیماُنی تَوے
سورِ سمسار کرمیٚے زونُے — دوٗرٕ دُنیا روزٕ کُس
نیکہٕ بٔد یا بییہٕ جاُنی — چھِم پشیماُنی تَوے
شُری باُژن ہٕنز آشے — والہٕ واشےَ بنٛد گوس
اَمہٕ زالہٕ کُس موکلاُنی — چھِم پشیماُنی تَوے
یاوٕنکی دوہ زور اوار — باُے بندتہٕ یار کاُتیاہ
بُجرس منٛز ہادٔراُنی — چھِم پشیماُنی تَوے
شُری باُژ چھِم دٔرٕ دٔرے — ژٔرٕ ہنٛدی پاُٹھی راُ چھٕ زن
سٔر کرنس تہٕ پزاراُنی — چھِم پشیماُنی تَوے
دوہ درِ گوم گھرہ یاد پیٚوٗم — نادلایان چھُس تَوے

کرتہٕ زأہدس تہٕ نظرِ ثأنی　　چھم پشیمأنی توے
زانٛہہ نابندگی کُر میےٚ چأنی　　چھم پشیمأنی توے



# لولُک اِنکار

یارِ دادس کیاہ دواتی کُنن بازارِ چھا
مذکور　عشقہٕ تب چھم ہۄرِ بَدنس، لولہٕ ہے اِنکار چھا

بازرن مَنٛز سیرِ ترٛاوُن، رازباوُن لوکہٕ نے
امہِ کھوتے خون ریزی ون کران تلوار چھا
مذکور　عشقہٕ تب چھم ہۄرِ بَدنس، لولہٕ ہے اِنکار چھا

آدِ نکہِ ہابالہٕ یارَے کیتھٕ تارَے وارِ کر
لولہٕ سوخَنَن ہنٛدِ کھوتے ونتہٕ کانٛہہ گفتار چھا
مذکور　عشقہٕ تب چھم ہۄرِ بَدنس، لولہٕ ہے اِنکار چھا

وانہٕ نے مَنٛز بانہٕ بُری بُری فتنہٕ بازارن اَندر
اَمہِ شورٕشرِ نشہِ خألی کانٛہہ تہٕ سوداگار چھا
مذکور　عشقہٕ تب چھم ہۄرِ بَدنس، لولہٕ ہے اِنکار چھا

زانٛہہ تہٕ موے اَسہِ چونہٕ ساتے، رُود باتے وصلہِ یار
مےٚ خانہٕ ہے مَنٛز ہا تنہا ونتہٕ میون رَفتار چھا

مذکور    عٔشقہٕ تب چھُم حوٗرٕ بَدنس، لولہٕ ہے اِنکار چھا
شورٕ کس سازس دِتو ژھٔبن بس یُتے وَن زآیدو
اَتھ سوزس شورٕ رۆ ستے ونتہٕ کانٔہ اکھتار چھا
مذکور    عٔشقہٕ تب چھُم حوٗرٕ بَدنس، لولہٕ ہے اِنکار چھا

☆☆☆

## اِنسانیت

اگر حاصِل گرِنی چھےٚ زان    مذکور    ژٕ بَن اِنسان ہا انسانو
ونان گاٹلی یو ہے فرمان    "    ژٕ بَن اِنسان ہا انسانو
کرُن انصاف چون اِیمان    چاہے جانوَر چاہے اِنسان
تمِن اندر رتہٕ سون ہیو جان    "    ژٕ بَن اِنسان ہا انسانو
اُمیر اُسِن گدا اُسِن    شہنشاہ ہے صدا اُسِن
مُدعا آخر کُنے اِنسان    "    ژٕ بَن اِنسان ہا انسانو
چاہے مندر رچا ہے مسجد    یمِن اندر کُنے واحِد
خُدا ؤنی توس یا بھگوان    "    ژٕ بَن اِنسان ہا انسانو
اَندر گرِ جن گُسند پرتو    دھرم تھانن چھ کُمی سُندرو
ہٕیر اُچھ وارٕ کر پچھان    "    ژٕ بَن اِنسان ہا انسانو
اگر آسی اُمیری یوٗد    پتھر پیومُت تلُن گژھِ تھوٗد

گرِتھ نیکی گژھِ مُشراوان " " ژِ بَن اِنسان ہا انسانو
ژٕ ے ہمسایَن اندر نیکی ژٕ ے ہر کس ستی گرٕنی شوبی
دیا رَو کھو تے موٚدِ ر زبان " " ژِ بَن اِنسان ہا انسانو
ژٕ ے وطنس ستی لۓ تھاوِ نی ژٕ ے نادان دوس ہیٚچھِ ناوِ نی
ونان تُمِ ہے چھِ عالم جان " " ژِ بَن اِنسان ہا انسانو
لوکُٹ تے بوٚڈ مَسا آزانُن پَنُن تے غار مَسا مانُن
بُزرگی ہُند ژٕ ے سَپدی گیان " " ژِ بَن اِنسان ہا انسانو
غریبن ستی چھےٚ بڈ کتھ رچھُن دِل تے گرٕنی مُروَتھ
ژِ حاطم ہیوٚ بناوُن پان " " ژِ بَن اِنسان ہا انسانو
تھوُن مذہب شوٚبہِ نشہِ پانس برُن لول شوبہِ انسانس
یہِ کتھ گیتا چھِ ہیٚچھِ ناوان " " ژِ بَن اِنسان ہا انسانو
ایما ندآری تہٕ پوٚ زور تاو ژِ دَمہِ منٛز ندامت تھاو
قُرآن یِی چھوٗیَ ژٕ ے فرماوان " " ژِ بَن اِنسان ہا انسانو
یہِ دُنیا زان بزم آخر پتوسوران دَم آخر
دَمہِ زاہدو غنیمت زان " " ژِ بَن اِنسان ہا انسانو



# عشقہٕ نیاے

مدنوٗ گسوٚ واتہِ چانین پھنٛدَن  اَنٛدن کیتھا عشقہٕ نیاے
تنہِ بہٕ ملہٕ یوٚکو فوٗرتہٕ ژنٛدن  مدگور  اَنٛدن کیتھا عشقہٕ نیاے
گرٕہ بارتژ اویوٗم چانے ویرٕے  نیرے بالہِ تمناہ
ویرٕ چانہِ تژ اوئیم ساٮ۪ری بَنٛدَن  اَنٛدن کیتھا عشقہٕ نیاے
دَکہٕ دِتھ گوٚہم منٛز طوٚ فانٛس  آنٛس روٗدُم ہوش
زانہِ کیٛاہ بے زان چانین پھنٛدَن  اَنٛدن کیتھا عشقہٕ نیاے
بژم دِتھ واٴ جتھِس عشقنہِ ناوے  تاوے لاٴ جتھِس بال
گاٹھ کیتھ بال واتہٕ ہارچھم نہٕ چنٛدن  اَنٛدن کیتھا عشقہٕ نیاے
مَس دِتھ مدنو حیسہٕ ویسہٕ راٴوِتھس  تژ اٴوتھس سرِ بازار
گفُتار بند گوم زبو منٛز دنٛدَن  اَنٛدن کیتھا عشقہٕ نیاے
ویرٕ چانہِ نیاہٕ موٚ برِ مےٚ تھاٮ۪ن  پیٛالن تہِ ہا شُمار
ٹٹھ وینہٕ مِلہٕ وُتھ میٛا نین قندن  اَنٛدن کیتھا عشقہٕ نیاے
تنہٕ بالہٕ اٴطاس کیمخاب تژ ووٗم  پژ ووٗم ہا سنیاس
سوٚ رائلی تھٮ۪ی ژورٕ منٛز جندن  اَنٛدن کیتھا عشقہٕ نیاے
پھلیاہ یاوِنٛس لجمٕژ آہٕم  پھوٚ جمٕژ اٴ ٕسس ہی
برہٕ بہٕ گرٕنٛس ہردَن تہٕ وَندَن  اَنٛدن کیتھا عشقہٕ نیاے

ئژ کال ووتُم باغ سگہٕ ناوان　　تھاوان چمنن تیار
تنہٕ بال پڑاران چانٮ۪ن پیوَندن　　اَنٛدن کیتھا عٔشقہٕ نیٛاے
ذٔرٕ ذٔرٕ زاہد پھیوٚر بازارَن　　ژھاران دِلہٕ گٔے قرار
لاہوٗر ترٛ اٚ وِتھ واژوس لندن　　اَنٛدن کیتھا عٔشقہٕ نیٛاے



# پوشہٕ بہار

لالہٕ گرسنا کینہٕ ترٛاوے　　پوش چھاوے چھُم بہار
پیہِ نتے اَدہ بال راوے　　پوش چھاوے چھُم بہار
یاوُن میٛون آو بر جوش　　چھاوٕ اچھ پوش بُلبُلو
مَنز نِشاطس موکھ مےٚ ہاوے　　پوش چھاوے چھُم بہار
شوقہٕ تٔمی سُندے انتظارس　　بال پڑارس کرتیم
نالہٕ رٔ ٹھِئ حال باوے　　پوش چھاوے چھُم بہار
گراوٕ ونہٕ ہس سینہٕ مُنز رِتھ　　کینہٕ کیٛاہ گوس میٛونیے
یوٚد سہ گژاون گوش تھاوے　　پوش چھاوے چھُم بہار
مَنہٕ نٔ اوِتھ سالہٕ پیہِ نا　　پیٛالہٕ بٔری بٔری چھُم تیار
وعدٕ آدنک یاد پاوے　　پوش چھاوے چھُم بہار
پان پٔرِتھ بال روزَس　　گژاوٕ سوزَس کس اَتھے

کنیا زِلاٗ جتھس تژٕ ہ تاوے — پوش چھاوے چھُم بہار
یاونس چھِم پھلیاہ پوٗ ر — ٹوٗ ردار مُت تھٔرِنی چھُم
ہرِ دواو ماألہِ راوے — پوش چھاوئے چھُم بہار
لو کچار چھاکاٗنسہِ پوشان — ہردواوَے گُل ہَران
پیٹھ خاکس کس نہٕ ساوَے — پوش چھاوے چھُم بہار
کرسنامیٚون جانانےٗ — سوٗرِ ساماںۍ تیِم
کنہٕ دوٗرن اُلہِ راوے — پوش چھاوے چھُم بہار
پھٕ یہِ زاہد درعذابس — بے حسابس منٛز گومُت
خابہٕ اَندری موکھ مےٚ ہاوے — پوش چھاوے چھُم بہار



## یُن گژھُن

عجب رنگ چھُ کیاہ چون سَمسار وَنتم — تھوٗ وُتھ یُن تے گژھُن دوہ تارِ وَنتم
زمین وزمان آسمان ژیٚے بنأوِتھ — ژےٚ خاکس اندر گلزار پھولہٕ نأوِتھ
پھوٗلِتھ تتھ کران چھکھ لُرِ پار وَنتم — تھوٗ وُتھ یُن تے گژھُن دوہ تارِ وَنتم
چھُ کینژن یہِ سمسار عأشک گرَے زَن — چھِ کأیتاہ اڈٕے پھوٗلی گأمتی برَے زَن
اَمیرس عیاٗشی غریب خار وَنتم — تھوٗ وُتھ یُن تے گژھُن دوہ تارِ وَنتم
تھَدین محلہٕ خانن اندر کم بسأنی — سرے راہ وتن پیٹھ چھِ کم ڈولأنی

تھۆوتھ عیش کینژن چھِ کینٛہہ خار وَنتم      تھۆوتھ یُن تے گژھُن دوہ تارِ وَنتم

چھُ کینژن گرٕ ے کھین تہٕ چین پزار اُنی      چھِ کم خانہٕ مالٕ فاقہٕ پھرِ ڈولأنی

اڈین کیُت ژٕ سنگدل، اڈبن یار وَنتم      تھۆوتھ یُن تے گژھُن دوہ تارِ وَنتم

حکومت تہٕ حشمت اڈین کیُت ژٕ تھۆوتھ      اڈین اتھ دارُن ژٕ ے کیاہ بأ گرووتھ

پکان رایہِ رایہِ کیاہ زِ سرکار وَنتم      تھۆوتھ یُن تے گژھُن دوہ تارِ وَنتم

اند ردوٕ کو لنے چھِ کم ڈالہٕ ماران      چھِ کأیتاہ ہمبرٕ ن اند رترٕ لیش ژھاران

اڈین کیُتھ ژٕ نۆر چھکھ اڈبن نار وَنتم      تھۆوتھ یُن تے گژھُن دوہ تارِ وَنتم

اڈین مالہٕ دولت گرٕ ے واتہٕ ناوان      اڈین جکھ جکھی چھوکھ پرٕ یشان تھاوان

ہیوان کم غریبن بیگارِ وَنتم      تھۆوتھ یُن تے گژھُن دوہ تارِ وَنتم

مُدعا کیاہ ژٕ ے حاصل تفاوتھ تھوٕنی چھے      اڈین ستیٚ نفرت اڈین ستیٚ تھۆن لے

اَدٕ ے ماونان چھی ژٕ ے بے عار وَنتم      تھۆوتھ یُن تے گژھُن دوہ تارِ وَنتم

یہِ مظلوٗم سُند آہ طوٗفان بنی ما      خود أپی ہُندوئی رازبازرٕ پیٚی ما

گژھی ماسِرٕ س فاش آشکار وَنتم      تھۆوتھ یُن تے گژھُن دوہ تارِ وَنتم

نۆوُ ے نۆو دُنیا بناوُن مُدعا چھُم      نۆوُ ے عدلہٕ اِنصاف چلاوُن مُدعا چھُم

لگیا وونی پرٕ ئیک زانہہ تہٕ دربار وَنتم      تھۆوتھ یُن تے گژھُن دوہ تارِ وَنتم

یہِ زأہد گوٗمت کیاہ پرٕ یشان دردِل      ڈنتھ گو اِشارہ ونُن نۆن چھُ مُشکِل

نیبرٕ ی یۆ دچھُ خاموش أندرٕ ی نار وَنتم      تھۆوتھ یُن تے گژھُن دوہ تارِ وَنتم



# غریب کوٚر

ونہٕ کیاہ لاأنی نیاۍس　　ماجے کوٚر زاۍس
اَزلٕے ئنیٖ ہادژ اۍس　　ماجے کوٚر زاۍس
شُری پانٕسے سوٚرگوم　　موٚرِنارللہٕ وُن پۄشوم
تی ونہٕ کس خوداۍس　　ماجے کوٚر زاۍس
موج تےٚ مول میوٗنوی　　زَن لوٚگھ زوٗنہٕ گژونے
غم پیوٚ کھیَنہٕ بہٕ زاۍس　　ماجے کوٚر زاۍس
پٔتھٕر بیٚنہٕ ہمسایے　　گَرنہٕ لٔگی پھسرایے
زَن دیٚلیس بہٕ ژوٚ رِآۍس　　ماجے کوٚر زاۍس
بار پیوٚم لوٚکچارس　　وأرِیوٚ گرِکرنَس
کہہ وچہٕ خام دژ اۍس　　ماجے کوٚر زاۍس
ہشہٕ ہُنٛد نارژولُم　　أندری پان گولُم
گرِ کیاہ زأم نیاۍس　　ماجے کوٚر زاۍس
زأمو پامہٕ دِژ ہم　　ہیوٚت دیوٚت کیاہ زِ چھوۍ کم
ہاوٕ وکیاہ ہمساۍس　　ماجے کوٚر زاۍس
بجہٕ ڈیڈِ کیا زِ ژا اکھ　　داجہٕ رۆس کیا زِ آکھ
ساتہٕ ساتہٕ چھم کران ژس　　ماجے کوٚر زاۍس

غرٕیٚس ہازٕبوٗنی کوٗر — گوٚژھنہٕ آسُن یہ دستوٗر
خاکس مِلہٕ وان تس — ماجے کوٗر زایَس
لأج ہَس دایہٕ تأنس — کیٛاہ مےٚ اوس کرمہٕ لأنس
زَنمس کیٛازِ آیس — ماجے کوٗر زایَس
برٕتل بانہٕ مانٛجہِ نَس — لأج ہَس دہ ہَس راتس
مول کونہٕ دائے سوزبس — ماجے کوٗر زایَس
پرٕنس پامہ دِژٕہم — ساتہٕ ساتہٕ چھم کران زَم
سنہٕ گوم تی ونہٕ کس — ماجے کوٗر زایَس
زأم ہے کھانٛدر چھوٚئی — مالنہِ کیٛاہ انکھ ژِئی
چھوٚئی کیٛاہ چارٕ کرنس — ماجے کوٗر زایَس
خانہٕ ماجہِ کیٛاہ گدُرُیوٚم — أندری للہٕ دُن پیٛوٚم
لشہِ نارٕ زِندٕ زأجھس — ماجے کوٗر زایَس
سَنسارٕ گےٚ بدرَو — زأہدس تِی سٔنِتھ گو
تِی کھٔنِتھ گوم بَدنَس — ماجے کوٗر زایَس

☆☆☆

# ہاے موتی لال ساقی!

ژیری ینن پوٚت کھور نیرن   تِی پژ یائے ساقیا!

تشنہٕ ساأری چھی ژےٚ پزاران   ژیر ہنا گوس واتہٕ ما

یُتھ نسأ دعدن ڈلکھ   آدن ژِئی چھوئی وُنہٕ ساقیا

چأنی دِژے چھم چانہٕ باپتھ   ضایہٕ گوٚ میخانہٕ چون

موے تہٕ ژِئی مے خانہٕ ژِئی   پیمانہٕ ژِئی ساقیا

کھمب خانہٕ گے اوسکھ شمع   گاہ تمیک پھوٚ عالمس

روزِ روشن تا قیامت   میخانہٕ چونُی ساقیا

نیری نغمن ویرِ وارن   سبزٕ زارن ژاو زُر

سونتھ کالے ہرِ دواون   ترٕ وو پرتو ساقیا

شالہٕ مارن گلزارن   آبشارن بزم دِتھ ژٕ گوکھ

خونہٕ جامے ؤلی گلالن   داغ دِتھ گوکھ ساقیا

جانوار زن گلی گمتی   بولنس تہٕ ماتم کرِتھ

آلوس تأثیر بدلیوٚکھ   آواز بیگرٕ گیہ ساقیا

آبشارن رو دیتتھ   گلزارنے رنگ بوٚ رُتھ

جانوارن بول بوش چونے   ہزار داستان ساقیا

زأہدس گو روزِ محشر   یانی یہ شیچھ ناکارٕ بوٚز

کوٚر رودُن یار روئ فیقو   ماتما کوٚر ساقیا



# طرحی مُشاعِر

مِصرِ طَرح: "حالَس چھُ روُتُل حالَس چھُ پڑارُن"

شاعِر: دیٖناناتھ نادِم

حالَس چھُ روُتُل گٹہٕ گیہِ گنان　　حالَس پڑاری پڑاریز ییٚٹھے یہِ راتھ
حالَس پڑاری پڑاری واتی یتھ حالس　　حالَس پڑاری پڑاریز ییٚٹھے یہِ راتھ
حالَس فِل حال گرٕ بارتزٕ ووُم　　روتٕلہِ گٹہٕ منٛز لگہٕ کمہِ گاٹھ
روتٕلہِ گٹہِ چھا گژھُن پھرٕ سالس　　حالَس پڑاری پڑاریز ییٚٹھے یہِ راتھ
روتٕلہِ ہنٛزٕ گٹہٕ موکلیا اَسہِ زانٛہہ　　تیٚلہِ اُسی دُ چھ ہوا دِ پڑ بھات
نظرٕ دارٕ لجہِ پوٗری کنٛی بالس　　حالَس پڑاری پڑاریز ییٚٹھے یہِ راتھ
کانٛژھا ونہِ ناکوٗت کال پڑارو　　کرٕژلہِ روُتُل کرٕ پھولہٕ گاش
گرٕ پچہِ بُلبُل پڑ بھات کالَس　　حالَس پڑاری پڑاریز ییٚٹھے یہِ راتھ
راتھ یمہہ راتھ چھےٚ اُس وہرٕ اُوِتھ　　گر غد چھِنہٕ اَز تام کاُیتاہ کھین
لسہِ یوٗ دکانٛژھا سُے پڑارٕ حالَس　　حالَس پڑاری پڑاریز ییٚٹھے یہِ راتھ
روتٕلی گٹہٕ چھےٚ بےحیا بےزان　　بزٕ نٛرس کرِفان گُلِ عالَس
زاہِد تون ونہِ ہے تھِس چھس نالَس　　حالَس پڑاری پڑاریز ییٚٹھے یہِ راتھ

☆☆☆

# طرحی مُشاعرٕ

## دِل چھُم بڑ مان گرٕ گژھ ہا

(لل دید)

یوٚت یِتھ زمٕنس کینٛہہ نسأیِٚ ووٗم  مَنِ بڑٕ دٕمہٕ رووٗم تہٕ رأوِم زاتھ
دَمہٕ دَمہٕ تنہٕ ہَبا أندری ژٕمان  دِل چھُم بڑ مان گرٕ گژھ ہا

کمہِ وَتہِ گرٕ گژھ گٹہٕ چھم وَتہٕ وَتہٕ  دوہ گوم دَرِتے مَنٛدٕنبن شام
پتہٕ بڑ وٕنٛھ شہہ لِیہٕ آیم خُمان  دِل چھُم بڑ مان گرٕ گژھ ہا

مایازالن نال چھم وٕلُمت  سرِ راہ کوٚر رَنٛم شام
أنی سارِ ووٕنی چھس مٕنٛزلس لمان  دِل چھُم بڑ مان گرٕ گژھ ہا

ننبتھ نوٚن چنٛدٕ چھوٚن واتہٕ کنبتھ مٕنٛزلَس  ہَنہِ ہَنہِ وتھ زیٹھان
ژھرِ اتھٕ گرٕ گٔن روے چھا باسمان  دِل چھُم بڑ مان گرٕ گژھ ہا

پی۔این۔ کاچرو 'زاہد'



# برجناتھ بیتابؔ صاٲب

دوہہ اُکہِ اوٗسُس مَنز حاٲری ساتن　　کرمن آمُت کھُر کاسان
کھُر چھاساٲنیران سترِس ییٚلہِ ییہِ　　اَبِسنہٕ ورِتلہٕ بٔیوٚن بٔیوٚن اوس
پوٗرِ گنہِ پاٲدِ گوٚ دیوتا پوٚترا　　کیٛاہ تامَتھ چھُم پلہٕ ناوان
جل جل روٗٹمُس میوٗ ٹھاکوٚر مَس　　زَن میٚے لوٚب گُس تامَتھ لاس
نیٚترَن لاٲ گتھ سُطراہ پٔرمَس　　ہرٔ دیٚس مَنزِ اِد کوٚر مَس واس
وَرُقاہ وَرُقاہ وارِ وبستورُم　　تَتہِ پرٔ زٕ نوٗوُم پَنہٕ نوٲی پان
یِی میٚہ گدُ ریوٗم تی تتہِ تحرٔ یر　　زَن میٚے گُستام اوس ژرژان
دِل چھُم کرٔ یشان اَز روے وُچھِ ہَن　　یُمی تحریرن گرِم پَر گاٲلی
نامہٕ پاٲ غام کٔیٚن گُستام بیتاب　　دِلن مے دوٚ پنَم یہِ چھُ باتاب
چشمہٕ بدکاسنہٕ باپَتھ پانَس　　توٕ کنہٕ ہاوان چھُس بیتابؔ
ہنا کرَ تاب ژٕ چھکھ آفتاب　　ژٔے آکاشَس اوٚ بُر پراٹُن
کالہٕ اوٚ بَرن ووٚ لُمت نال　　زٕمِستانَن گُرن پامال
گرُن پڑ کاش ژٕ داپاٲری　　توٕ ے باپتھ گرُن چھوٲی تاب
ترٹہٕ طوفانک آو ساٲلاب　　کیٚنٛہہ مارٕ داٲ چھِن مَنز آب
بٹس بوٚ ڈگون چھُ آسُن تاب　　چھُ تابس لاب اٲے بیتاب
کرَ کھ یوٚ دَوے تہٕ چھکھ آفتاب　　کھسُن آکاش اوٚ بُر پراٹُن

## اُلو

چھُ زَن زگتَن چۄمُت مٔتۍ آب    ژُواپأری لُو کھۓمُتۍ بیتاب

دھرم دہن ووٗنۍ چھُ افسانۍ    نَتہٕ عالم چھُ دیوانۍ

نیبر نیر جل اَے بیتاب    ژٕ تژ اوٕ فلحال ملالۍ پرٛون

گُل وبُلبُل پریشان حال    دِوان ؤنۍ چھی دَر گُلستانَن

سمے گو زیر نیبر ووٗنۍ نیر    بناوُن چھُوَی پٔنُن کشمیر

کرن یم مُشکلن آسان    گُپت تِم بیٹھی کِتابَن منٛز

گو پھَن، شیرے ببر ژٕامتۍ    دِژ کھ شالن حُکم اَنۍ

کران تِم خوٗنہٕ ناحق نوش    چھ ہاوان بیہٕ میہٕر بانی

ژٕے أسی نَے رُمہٕ ریشنُوی آے    یہٕ میأنۍ اَہی قبوٗل گژھنَے

دِمے کیاہ ڈالی میٛہ نش کیاہ چھُوَی    ژٕے رٕتی رٕتی کارگرٕنۍ ییٚژھ ہنۍ

گُل وبُلبُل کرن اِدگھ    چھِ شمہس پتھ پرٕوانۍ

نبرَ نیرُن پھۄلِتھ اِد گل    عطرٕ بخشنۍ گُلستانَن

پرٕتھ تحریر گنیَیم کل    گرٕن ہیٚژِ مۓ بھاوِ چ پۄز

یہٕ بھاوِ چ پۄز غنیمت زان    ژٕے شوٗبہٕ ہی خلتِ شاہانۍ

ژٕ چھکھ مہتاب گٔے راٗژن    صُبح پھۄل تَے دوہُک آفتاب

ژٕے ماشوٗلی بنُن بیتاب    تیمِس نہٕ روٗ دسہٕ گو چنچل

دِلس وُصعت کتھن تاثیر    مہٕ بن دِلگیرٕ اَے بیتاب

بنگھ سانہن دِلن ہُند شاہ    چھ مِثل شمع پرٕوانۍ

## آلو

پۆزہَے بوزَ کھہٕ چھُس بیتاب  ۔۔۔  وُچھِتھ اَز روے گنٛیَم ماے
گٔیِم وأنسا سزابۆ گان  ۔۔۔  مٕیہ کیرِ میٔت آوس راہ کیٛژ تام
مےٚ واراہ پژارٔنس چھا تاب  ۔۔۔  مٕیہ باقی رۆ دی شاہ کیٛژ تام
گرُن رَفتار گژھُن گرٕ ووٕنی  ۔۔۔  مٕیہ سوران آیہِ دوہ گژٕ تام
ہتو پانومہٕ گژھ دِلگیر  ۔۔۔  چھُ آدَم بستنی مَنٛز سیر
نیبر بیتاب انٛدٔر باپیرِ  ۔۔۔  کلامن مَنٛز وُچھُس تأثیر
تاب کر انٛدری سیرِ للہٕ ناوُکھ  ۔۔۔  باوُکھ ییٚلہِ آسہِ پھچھترتہٕ سات
کہہٕ وَچہٕ کھأرِتھ وارٕ پر کھاوُکھ  ۔۔۔  اَدِ بن خابن ہُنٛدی خُریدار
مشِتھ گٔری گٔری مشان چھاسأ  ۔۔۔  پشان روزُن پشُن تھاوُن
چھُ زأہدس پانٕسے تقصیر  ۔۔۔  میٚے للہٕ وُن رۆ دچون تحریر
ہَنا کرتاب ژٕ چھکُھ آفتاب  ۔۔۔  کھسُن آکاش اۆ برپژ اٹُن



# آلُوک ژٔریم تأثیر
## سائنٕ ریش وآر

## بَلِدان

رفتار پَتھ گوٚ گفتار سوٚت گوٚ — زیوٚ لُج تالَس بنٛد گیہِ زَبان
ظٲلِم اوٚ براہ کھوٚت آسمانَس — تژ اووُن سنگِ باران
سنگِ باران گوٚ وُتھ گُلستانَس — گُل تہٕ بُلبُل گیہِ نیم جان
کمہِ چاوِ باغوان باغ اوس شیران — گوٚ وتَس سینہٕ برِیان
وُچھِ ییلہِ بُلبُلو نیٚتر وَسہٕ باغوان — گومُت اوس بے جان
شور و گوگاہ اِدیُتھ ووٚتھ عالَمَس — لرزییہِ کوہ بیابان
سوکھ موکھ چھوکھ آو بُلبُلن یاونس — نیٚتر وَ خوٗن ہاران
کینٛہہ روٗ دی کینٛہہ موٗ دی کینٛہہ زٲلی نارن یُتھ ووٚتھ ترٛیہِ طوٗفان
گٹہٕ زوٗلی نال ووٚل ہنہِ ہنہِ باغَس — سالہٕ مُتی گیہِ پَریشان
ٹوٗری دژ ایہِ پھٹہٕ پھٹہٕ چاک دِتھ جامَن — ژالہِ ژالہِ اوٚش تژ اوان
کم تام وِہ ہارِ کارِ بارِ بدلےٚ — بَدلےٚ بوٗلی بولان
عقلِے کھشّ دِتھ ملوِ ارِ تژ کرےٚ — سودا چھوٚن تولان
پَر زبولا گتھ پَر دَن ژھایے — پَردی تاروایان

تیلہٕ گنہِ آدمن ہُنٛد خوٗن زالان — نارس پھمب مِلہٕ وان
اَمہِ نارٕ کے ژھوکہِ گُل تےٚ بُلبُل — خاکس سٟتؠ گیہِ یکسان
آنس أکی ہے گُل گیہِ بَرٕ کتی — ہرِد بز ونٛتھ سَپدٕ کھ فان
ہنگہٕ منگہٕ نارٕ ترٹہٕ پیہِ گُلِستانس — شمشانَس سٟتؠ گیس مِلہٕ ون
بے عار بیکار رعاٛبدار داغدار — پَرزِ ہوٕ گیہِ وأران
نےٚ چھکُھ دِہناہ نے چھکُھ دھرما — جایِ خود تم پشیمان
نِوِ پیہِ باغوان نوہ شیرِ باغس — نِوپھولہِ توٚو گلِستان
یوٚسمن سوٗنبُل گُل تےٚ بُلبُل — بیہِ سأنی دیو استھان
آبشار، سبزار بیہِ پھیرِ باغس — جانور بولن تہٕ باغ چھاوَن
شوٗبہٕ وُن ناوتس ٹِکہٕ لال ٹپلاہ — یُس اوس سون پاسبان
برسنگ اَزگوٚ چھاپاہ ترٛأوتھ — وطنس پتھ قوربان
زاہد زِندہ اَز تھزرے آشے — یِمنے روٗزِ پأری زان
نِوِ پیہِ باغوان نوِہ شیرِ باغس — نِوپھولہِ توٚو گُلستان



لہ سورگی ٹیکالال ٹپلوٗ (ؤکیل)

# وٕوپَر چھا کانٛہہ!

گرٕ ھان لوٗٹِتھ دٕہلی گاشس — پَنٕنۍ سأری وٕوپرٕ چھا کانٛہہ
یِمے اِنسان تَمے دُزوٕدان — پَنٕنۍ سأری وٕوپرٕ چھا کانٛہہ
یِمے کأنٛچھم یِمے پألم — تَمے ظأٔلم تَمے قأتِل
یِمے انسان تَمے شیطان — تَمے لوٗٹان وٕوپَر چھا کانٛہہ
یِمے أسم ہمدم یار — تَمے تشنے رَتَس میأٔنِس
تموٚ چوٚ خوٗنِ ناحق سون — پَنٕنۍ سأری وٕوپرٕ چھا کانٛہہ
کوٚرُکھ ویٖران گُلستان سون — بوٚرُکھ بورٕ د اَنٛدرٕ چمَن
یِمن درٕ ہیٚتھ آم پَنٕن اَنہار — تَمِے شہمار وٕوپَر چھا کانٛہہ
پھٕٹِتھ یِیلہٕ درٕ اوٚنبر بورٕ د — کَمن خأنٛن کوٚرُکھ لُرِ پار
کَمن جأنٛن کُرِ کھ اَنبار — پَنٕنۍ سأری وٕوپرٕ چھا کانٛہہ
اردٕ راتک یِہ شوروشرَ — اللہُ اکبر، اللہُ اکبر
کوٚڑھبن ہیٚتھ لوٗرکٕن پوٚزَر — کلیٖم زیوٚتہٕ سوٚرٕم آش
کموٚ سیرَس کوٚرہَم فاش — پَنٕنۍ سأری وٕوپرٕ چھا کانٛہہ
صُبح پھوٚل درٕ ایہِ گرٕتڑٕ آوِتھ — سَمِتھ یوٚ دأسی مَنزِل نہٕ کانٛہہ
یِمے زایَم لیکن آیَم — پَنٕنۍ سأری وٕوپرٕ چھا کانٛہہ
چھٕنٛمبن چھارَن، گٔنڈین، نارن — کنین، نالن تہٕ سرِ پھن مَنزٕ

پھرٕ کھاہ ترٕ اُوِتھ لرٕ ے ساُوِتھ — مرُن زیوٚن مَتہٕ دَیَس تھاُوِتھ
ژَلان پَتھ برٕ وٚنٹھ چھِ نہٕ واَری — پَنٕنی ساٗری وۄپزٕ چھا کانٛہہ
پۆت پھیرِتھ زن بھیم لوٗٹھ آمُت — بیٚیہٕ پٹھان راجاہ نوٚن درامُت
افغانٕ، ایرٲنی یور کموتاٗری — پَنٕنی ساٗری وۄپزٕ چھا کانٛہہ
نوِسرٕ کہٕ جبہٕ کٔڈل تَس سوٗ منا تھَس — رالتس کھیُن چین نغمہٕ تے ناچ
آدِپرٕ بھالتس تموٕ ے ماٗری — پَنٕنی ساٗری وۄپزٕ چھا کانٛہہ
سنگرام پورٕ کین کمن الال خانَن — تہٕ زانن تہنٛدی بب تےٚ موج
تمِن رازٕ بل کُن پَروانہٕ جاٗری — پَنٕنی ساٗری وۄپزٕ چھا کانٛہہ
کنوبوزو وَنٛدٕ ہاٗمی بٹن ہُنٛد حال — کٹن ہنٛدی پاٗٹھی کٔرِکھ قوربان
ژھرٕ ٹَن لوٗگ مازتہٕ دِیُت ہکھ نار — پَنُن سرکارو پرٕ چھا کانٛہہ
برٕم دِتھ گھرہ مَنزٕ بون کُن واٗلِکھ — موٗتیس پۆت ہتھ زاٗلکھ پیٚشِ
اَتھ پیٚٹھ فتوا کٔمی کوٗرجاٗری — پَنٕنی ساٗری وۄپزٕ چھا کانٛہہ
ودان، نالان، ژلان لاران — ملان کینٛہہ خاک تہٕ پرٕاٹان مَس
اڈین کھرٕ اوٗاڈی چھِ نہٕ واٗری — پَنٕنی ساٗری وۄپزٕ چھا کانٛہہ
منٛدر، گرٕ بار، بیٚیہٕ دیٖوی دار — لوٗٹِتھ مال تہٕ دِیُت ہکھ نار
کمن کرزالن تتھ انہٕ واٗری — پَنٕنی ساٗری وۄپزٕ چھا کانٛہہ
کٔمی دیُت بلیدان، کم گٔیہ اَڈ کھیو — کُس کتھ شہارس واٗتتھ پھو
عقلہٕ ڈوٚل میزان گٔیہ لاچاٗری — پَنٕنی ساٗری وۄپزٕ چھا کانٛہہ

وےٚن یُس یێتہٕ تتہٕ حأران وتہٕ وتہٕ    أنی زیرَ حأ کم بوزبکھ گُس
کینٛہہ چھِی مولہٕ ہێتی کینٛہہ سرکأری    پٔنٛنی سأری ووپڑ چھا کانٛہہ
کینٛژن تیٛوت تیٛوت کینٛژن ہش    ژھٕنہٕ کینٛہہ گری ہے پٔنین نش
یموٗئی دانہٕ چھوٗک تموٗئی مأری    پٔنٛنی سأری ووپڑ چھا کانٛہہ
رازٕ ہلہٕ نےٚ میلہٕ کیٛاہ لوٗگ    سائلہٕ مُتی جانانہٕ سأنی
ارمان ہێتھ گیہٕ اَتھ موٗ رأنی    پٔنٛنی سأری ووپڑ چھا کانٛہہ
ٹاٹھ تے جگرٕ ے ووٚنی کتہٕ ژھاروکھ    پراروکھ رأوی ہتہٕ گام
یکہٕ یکہٕ دیٛ دیٛ دیٛ تھکو ژھأری ژھأری    پٔنٛنی سأری ووپڑ چھا کانٛہہ
تیٛمیٚ یِی یوژ ھنم تَس تی وأتن    ظاہرتہٕ باطن اَہی چھکھ
شارِ کاما تایہٕ گرتو زأری    پٔنٛنی سأری ووپڑ چھا کانٛہہ
گفتار، وبوہار، ملٕوارسوٗرے    اَنہار بدلیٛو اَچھ پتھ گُن
ییٚتہٕ یوریێتہٕ روزِ اِسلام جأری    پٔنٛنی سأری ووپڑ چھا کانٛہہ
یم ضربِ جگر بلن کمہٕ وانےٚ    اَز کران صاف اِنکار بُلغار
نتہٕ نےٚ دَے یہٕ پانہٕ اوتأری    پٔنٛنی سأری ووپڑ چھا کانٛہہ
ویوہار کارٕ بار رأوی متس شہارس    مأنس سیندرے خط کُے نِشان
بوے چھکھ بیٛون بیٛون یگ اَنہأری    پٔنٛنی سأری ووپڑ چھا کانٛہہ
زأہدس أندری چھےٚ غمخأری    ساری سمہٕ ہو بھاو ہوسیر
مولہٕ ماسأ بنان گنہٕ بازأری    پٔنٛنی سأری ووپڑ چھا کانٛہہ

☆☆☆

# غدرِ چھٹی سِنگھ پُور

چھٹی سنگھ پورٕ کی سِکھ تہٕ بأے بَند سأنی اَکھ گیہِ مأنٛلی تےَ بیٚیہِ گیہِ جأنی
اَردٕ راتس پیٹھ خاکس سأوِکھ تھأوِکھ تگہِ تگہِ کوٚرِہکھ شُمار
پانٛژھ تےَ پَندہ ترٛاُوِکھ گنٛزرِتھ أنٛزرِتھ تھأوِکھ دینٛگ نیٛاے
تِتھِس بأے چارس مرحبا اکوے شُمشان اَکیٚے ژیٚشنا
لوٗکھ کیٛاہ بڈٕ بڈٕ اٚسی دِوان بارٕ دےَ گوٚو کوٚ پَس راہ گَس کھارٕ
مارٕ ویٚو دمنٛز وتہِ پیٹھ پان بٹس راہ کھوٚت مالدار آسُن
سِکس راہ کھوٚت بالدار آسُن کِشن گنٛگایہِ منٛز کأتیاہ بأوِکھ
گاسہٕ نارس منٛز کأتیاہ سأوِکھ یوٗ ہےَ گوٚو 1947، نٕووَہ شتھ تہٕ سَتہٕ تأجی
گوٚ برٛس بَب روٗ کورِ راُ دموجی بَبہِ تلکی شوٗرشریپ منٛز ریشی وارے
گُس گُس ژھارے گُس گُس پژارے تنہٕ چھوٕی زاٚہ دافسوٗس کبھوان
باوان پانےٚ پانٛس سپر

☆☆☆

